ڈِشیس۔ غم مَہ بَرٕ زٕ ژھیمیک

آسہِ یُس تَمہٕ فَیصلاہ کوٚرمُت بہٕ بدلاوناوہٕ نے

چھُہ خوشامد دار یاہ تَس دِل پسند

چھُہ مہِس آسان ہاہ ہنگن پیٹھہٕ ناز کیاہ، چھُس گٔلِین اندر نہٕ فَسراوان تہٕ

چھُہ فَساں اُنٹہٕ نٔشہٕ ہاپتہٕ تہٕ ہوٚس کریرِس اندر

سِہہٕ تھتھُ کٔنہٕ چھُہ فَسان زالَس اندر

ییتھٕ کنیتھٕ یاوال خوشامد آدمَس

یام باوَس، دِیی چھُہ تَس خوشامدٕ رٕچ، تِی مانہٕ سُہ

زالہٕ لگہٕ خوش آمدس نش پانہٕ تَتھ

تراٚی تَوٚ ییہے پیٹھ دِمَس کمزوریٚی تِرتھہٕ زیر بہٕ

یُتھٕ اَنَن بہٕ سیتہٕ پانَس محلخانس کُن لعہ تی

کاسِیس۔ ہے نَسہ سارٕی گژھو توٚت، سیتہٕ پانَس اُسی رٕنمون

بروٹس۔ اُٹھ بجہٕ چھا سا اُ مناسب وقت ہے

سِنا۔ گو مناسب وقت ٹُسے، گو ٹیرا مہٕ یَتہٕ واریاہ

مٹالس سِمبر۔ کیس شِند لگاریٚ سَس چھُہ سیزرٕ دٔنی

یا میانیس تعریف کُرِ ییمہٕ، ہوٚمی دِیٔ تُس تھتھی پیٹھ سزا

چھُس بہٕ حا زال زوٚن تہٕ ما پیٚچ کاٹُنہٕ تے اُسہِ ہنز تُسند

بروٹس۔ ہے مٹائس گڑھ تھندی کھڑ پاڑ زڑہ
میائی چھ مایاہ تمس کینشڑ کتھو کھڑ واریاہ
جل پہن سوزن متاثر بوکرن

کاسیس۔ گاش پھول یتو نیی، دِیور خصت اَسے وون بڑسو (سارِنے کُن)
دوستو میانیو وِچھو وون۔ تھائی زیو بس یاد یہی
دِنی وو یوس یوس کیتھ پیٹن۔ بس ہاؤ زیو راوہکو چھ اُسی

بروٹس۔ دوستو، یارہ گڑھو خوش اُسی وو
پھترس راز راہ دِلک بُتھ پیٹھ گڑھو تو ہیہ آشکار
روٗمہ کہن پا تھر گُرن ہندی پاٹھو کھٹو کھٹو تھائی زیو
اُسی زیو خوش باش ہردم، روزی زیو تو ہی شاہنہ سان
اتھو کھتے پیٹھ سارِنے تو ہا اُسی نو صبح رِ سلام
(بروٹس درائے ساری نیران)

ہو لوسی لیس! مُژ نِندر؟ اَدہ سہ مہ بر پروا کینہہ
عِش زٹھ کر مارہ مُژتے بٹیہ شہج نندراہ دوہ ہے
چھکہ نہ خابو، بٹیہ گی نو ژو پمت زِہ رات دوہ
مُکھ ہیہ سیتین پریشان چھ گڑھان
چھے اَدے کُنہ ہیڑ مُژ نندراہ پیوان (پورشیا چھ اژان)

پورشیا۔ مہیانہِ آغو - برُوٹسو

برُوٹس۔ پورشیا! کیاہ سَن گژھی ژیہٕ کیازِ وُنی کینہ ژہٕ وَژھِک
یُتھ ژُن صُبحاتہٕ یِژھ حالت ژیہٕ چھےٚ، چھک نادرچھان،
ژُنی کینہہ نندرِ سے ووتھُن چھا جان چانےٚ خاطرے
ژےٚ رکُیتھن اَدہٕ جان چھا - ہو برُوٹسو

پورشیا۔ سردمہری کیژ چھےٚ ژیہٕ - مہیانہ بسترہ منزٕ ژوٗلکھ
رات شامس بِتہٕ کھیواٗنی تصوّد ووتھک - گردِش کرِتھ
نَرہ وٕ رٹِتھ ژہٕ شژُنہٕ نہٕ گنگراٰیاہ اوسُکھ کران
یام پرُژھم، کیاہ دلیلاہ چھےٚ، ژیہٕ ڈیکہ ژِکرِ ووتھم
یام بیتہٕ پرُژھ گاٗرکرُم، ژیہٕ کلےٚ گلنِو تھم
بیقراٰری منز ژیہٕ کھور رَوِ سیتہٕ فرشس پیٹھ تہٕ چھُٹ
بتیہٕ کوٗرُم اصرار میہٕ تےٚ بتیہٕ کوٗرُتھ انکار ژیہٕ
بس اَتھو سیتین اشاراہ ژیہٕ کوٗرُتھ تیٚشِس اندر
یُتھ بوٗ تنہاٰئی اندر ژہٕ ترٲوِتھ
کوٗرمیہٕ تی اَمہِ خوفہ کِنہ یُتھ تیٚشِس چھےٚ نہ ہرُہِ کینہہ
کیازِ! اوسُکھ تمہ وِزےٚ تیٚشِس اندر واراہ دَزان
چھےٚ ژیہٕ وقتی ناوہ میدی ہش میہٕ کوٗر تمہ وِزہ یقین

یِوس پَنُن اشراہ چھہٕ ہاوان وقتہٕ وقتے ساری زَنی
چھےٚ ژٕ یہٕ کھمبن چھِن، کتھہٕ کرٕنی تہٕ خاب تامت موٚٹھِتن
یُس اشر اَمہِ مویُوسی ذہنس پیٹھن چھےٚ تُرٕ وُمت
آسہٕ ہا یوٚدسہٕ اشر جسمس پیٹھن، بروٹسو ہیکہٕ ہتھ نہٕ ژٕ تِلی پرٕ زناوِتھی
میانہِ ٹلہٹھے آغہ کرِتھَ زان کیاہ سَن غم ژٕ یہٕ چھےٚ؟
بروٹس۔ چھُس نہٕ صحتی ٹھیک۔ بتیہِ کیاہ چھُس وَنُن
پورشیا۔ بروٹسو، گاٹُل ژٕ چھُک، بیمار یوٚد وَسے آسہٕ ہکھ
ژھارٕ ہکھ ژٕ تیتھ بلا جاہ یُتھ ژٕ گژھہٕ ہکھ صحت یاب
بروٹس۔ چھُس کران تی۔ پورشیاے گژھہٕ سہٕ شونگ تامت ژٕ ووتھ
پورشیا۔ بروٹسو بیمار چھُک مانے بوکرٕ
صحتہ باپتھ جان چھا تِلی سینہ مُژرأوِتھ پکُن
یتھ یِچھس ترِس تہٕ مُصرِ صحت صُبحس مشرٕ وُنی کینس
بروٹسو بیمار یوٚدوَسے آسہٕ ہکھ
ژوٚرِ ماژِلہٕ ہکھ ژٕ وُشنے بسترِ منزٕ راتھ کیٚتھ
رأژ ہُند ناکارٕ وارٕ اہ ٹھنڈ ہوا چیٚنیہٕ ہکھ نہٕ ژٕ تِلی
زانہِ ہکھ تِمہٕ سیتی ہُرٕ مادو دسے
ہے نِسہٕ ہے بروٹسو چھُہ ذہن چھُنے بے قرار

چاٗنی آشنی چھس بو کیاہ سا حق چھنا واتان مے

یی زہ آسِنی گرٛتھ میانہِ سازٕہی عٲدمیت

ہے چھیے پانٛن ہوان بییہِ زار پاراہ چھس کران

پاس کرسہ میانہِ خٔنگ، ہوٗت یمیک اوشکھ زٕ بروشہ

لولہ وعدن ہند زہِ کرسہ پاس بی

بییہِ سہ بوٗد قسماہ دِرِ یاہ یمہِ سیتؠ اسی سپدے یہ گنٛی

یی زہ میے نش باوسہ وہنی سرِ پنٕنی

کیاہ زہ چھک غمگین؟ بییہِ از رانٛتھ کیٛتھ کم دُکھ آسی؟

ژے نِشن ہم اسی آہتی، میٛہ وُچھم شُہ سنتھ تمے

روٗے گھٹِت اُسکھ تھٲمتی، انبہِ گرٛٹ تہِ کینژھاہ اُس یتی؟

بروٹس۔ تمتھ چھک میانی پورشیا۔ ژٕ زہ میم مسہ

پورشیا۔ کیاہ اُمیک اوسُم ضرورت؟ آسہِ ہی یوٗد پراٗنی پاٹھی محبتاہ

بروٹسو نِتم نکاح موجوب مے

چھا منع ییٔنے کیہ دتھ زہ ہیرہِ کتھ گرٛتھ نہ بوٗزانٕنی زنانہِ

آسہِ یتھ تعلق ژیٔہ سیتؠ؟

کیاہ چھسا بو انگ، چاٗنی کینژن حدودن تام بس

یی زہ بتہِ کھیون، بییہِ شینگن کینژھا کرنی کتھ باتھ بس

بَس چھُسا سامانہٕ زٕ ے خوشی یَن رکھِہے

آسہ نے بیٚیہ کیٚنہہ تِ تیلی اکھ گاٹٕ ہِش چھِہ پورشیا
ٹاٹھ آشنی چھُس نہٕ نیٚلی بو برُوٹسنز

برُوٹس۔ ناسے، ہے۔ چھِک ٹاٹھ تے بیٚیہ باعزت آشنہ زٕ میانی
ٹاٹھ یکھ تیٖرٕ شاہ میٚہ ییٚھو زَن نہٕ آدی لَد سپنس اندر
چھِم خوٗنہٕ قطرے کیٚنہہ دوٗان

پورشیا۔ آسہ ہے ہیو یوٗز اگر تیلی گٕنٛڈھی میٚہ باوٕنی رمیر ہٕنز
موٗن سے چھُس اکھ زنانہٕ بو ہگر
اکھ زنانہ برُوٹسنز آشنیز بو چھُس
موٗن سے چھُس اکھ زنانہٕ بو ہگر
باعزت تس کٲٹھ ہنز چھُس کوٗرٕ بو
سوٗنچ تھا، زورٕ میٚہ چھُنہٕ دوٚی میٚن زنانَن ہندہٕ رنٛشے
شانہٕ بوٗنہٕ یٚدہٕ دے میٚہ چھِم خساوند نہٕ موال؟
تو تِہ وَنتم ہیٚرٕ پننز کرٕ یکھ نہٕ فاشس
چھِم خالہٕ صِنک ہوٗمت بڈہٕ پایہ اکھ برُوٹسنٹی ثبوٗت
یی زٕ یٚھتہ رونکھس یہٕ یٹھن ویتھمت میٚہ چھُم پانسے زخم

---

۱؎ مارکس کاٹو چھُ روٗمک اکھ جان فلسفی اوسمت۔ شہ اوس سیزرُن
مخالف بسیزرنہ تھرہ ویشہ یچنہٕ خاطرٕ چھُہ ۶ ۴ ق م منز خود کشی کرٕمٕژ۔

کوٗت صبراہ چھُس کرِتھ

کیاہ بو خاوندس نِنتہِ ہیراَدٕ ژالہِ نا؟

بروٗٹس۔ چھُے عرض پروردگار امیون ییی

شانہِ بڈ آشنہ میہ چھُم قابل اُمِس آسُن گوژھس

(بیس چھُ ڈب ڈب گژھان)

ژھوپ کرِتھ بہہ چھُ برس ڈب ڈب گژھان

پورشائے! گژھتہِ تامت ژہٕ اندر

سپنہ مرشر آو، یتھ بو بادے ہیر پیٹھ ژیہ عنقریب

ہیم شغل ازکل میہ چھُم، سارِی وَنے تفصیل سان

بنیہ وَنے چھُم کیازٕ غمگین سپھٹاہ

نیر - وتھ جلدی - ووٗن کُنہ زوٗن ژراد ہیے

(پورشیا چھِ نیران)

ہے لوٗسی یس! دُ چھُ سہ کُس ڈب ڈب کران

(لوٗسی یس تہٕ لگاریس چھُ اژان)

ڈیسی یس۔ چھُہ تو ہے سُکھُن یژھان بیمار اکھ

بروٗٹس۔ ہے یہ چھُہ لگاریس۔ مٹالس سمبرن ونیاہ آدمی اَسند

لوٗسی یس! ژہٕ نیر یہ کُنہ — ہے لگاریس خاَر چھا؟

لگاریس: تۄہے اگر کرماہ کٔرو ۔ صُبحٕچ سلاماہ بوزِی تۄ

بُروٹس۔ ہے لگاریس ناوقت چھُت ژورُت دادِس کیو نٹن

ہے ژٕہ سنے آسہ ہکھ بیمار اَز!

لگاریس: چھُس بہ یۄد بیمار ۔ کیا سَن بُروٹس چھُہ میانہٕ دٔسی

کارناماہ یَزنُک بامل اَنُن؟

بُروٹس: ہے آہنسہ کارناماہ چھُم اَتھس منز وُنی کینہٕ

آسہ ہے یۄد بوزنس لایق ژٕ یہٕ وُنی کیِن ہمتاہ

لگاریس: دیوتاہن سارنے ہُند چھُم قسم، چھِہ نیمان رۄمکہ یمَن از کال یتے

دود ژیھنہ تراوتھ ہمی دَم یکوٹے

روح رُوہک، بٔنیہ بہودر، اَشیرِ نرُشند شیرِ نرٕ

چھُک ژٕ جیدو گار کوٚر ہتھَن زندہ بٔنیہ اکھ مۄد مُت

دورہ پیٚتہ ناممکنا تَن یام ژٕ کرہ ہم حُکم

چھِم وۄمیداہ کامیابی ہنز ۔ کرۄن وعدٕ کیاہ یہٕ چھُم

بُروٹس۔ کامہ پیٚوہ نتاہ یُس بیمارَن تام چھُہ بخشان شفا

لگاریس۔ آسہ یُس اَور نۄ چھُی بخشان بیماری تمُس

بُروٹس۔ تتہ چھِہ سأنی کأم ۔ ہے لگاریس

راز سورُے بٕہ ژے ونہٕ، وعدٕ گژھوا سو تۄرُے کرُن

لکاریس- ہلسہ پاٹری بہ لگے ، نۆ نار بۆرمت چھم دِلس
پیتہ پکے بو، یوٗد نہ چھم پیتہ ہی ژہ نچھ میے کورکن
چھُ منہ کیتھ کانٛی ویتے - چھُس بہ وٹُس پینہ پیتہ پکان

بٔروٹس- بارہ تلی پیتہ پینہ پکمُ (نیران چھ)

●

## دۆیمُ نظارہ

دۆرم — سیزرسٕندہ محلکُ اکھ کمرہ
وزملہ تہ گگراے چھ گژھان

سیزر چھُ روت لباسس منز اژان

سیزر- اُس از راتس زمیناہ، آسماناہ بے قرار
ترییہ لٹے کل یہ دنیاے کریکھ درٛ خابس اندر
ہے مدد - ہے المدد چھم سیزرس ماران ییم،
ہہ گسوو اندر چھوو ؟ (نوکر چھُ اژان)

نوکر- میانہ آغہ ؟

سیزر- گژھ ستہ دٔن ژہ پادرٛن جلدی نیازاہ تِم کرٕن
تورہ یتھ ونی زِ تِم نتیجک آسہ کیاہ وۆنمت تِمو

نوکر۔ میانہٕ آغو کرہٕ بوٚ بیٖی (نیران چھہٕ)

(کل پوٗرنیا چھ اژان)

کل پوٗرنیا۔ سیٖزرو کیاہ چھک ژہٕ سوچان؟ کیا ژہٕ ما نیرکھ نیبر؟

چھےٚ نہ نیرُن اکھ قدم تہٕ گرہٕ نیبر ہرگز ژےٚ اَز

سیٖزر۔ چھُم بہرحال نیرُن نےٚ

چیز چھم مےٚ کھوژہٕ ناوان پتہٕ پتاے۔ برونٹھ کُن چھنہٕ یتھ ہیکان

یام ڈیشان سیٖزرُن بُتھ تِم چھ تیلی غائب گژھان

کل پوٗرنیا۔ اعتبار اوٚ چھُم نہٕ کوٚرمُت بدشگونَن پیٹھ زانہہ

سیٖزرہ بہ کھوژہٕ ناوِس اَز تِمَو

اندرہٕ کنہ ہےٚ چھےٚ اکھاہ وۄن تِمَو ژہٕ گرٹہِ یالن وُچھن

کینہہ عجب نظارہٕ، ہیبت ناک تِم چھ واریاہ"

ماسواے چیزِیم اَسہِ بوٗزِ تےٚ بیہ وُچھ یتے

یِی مثالے سیمنیاہ اکھ پیایہ بازرس اندر

قبرہٕ مُژرِتھ آیہٕ، لاشن بُتھ دِیُتکھ

ناروِن یوٚن اندر از پہلوانو جنگ کوٚر اوٚبرس پیٹھن

فوٗج ترتیبہ سان پیٚرِتھ تِمَو

اُتھی اندر پیوٚ محلن انٛس پیٹھ رتک بارانہ ہیوٚ

جنگہ کے آمہ شورہ وُڑھ کھتراے ہش ہوہس اندر
تنج گرٛو ہنزار یاہ تےٚ کریکیہ دِڑہ مہ ردٛو سیٹھاہ
بێنیہ جننٛ ہنزہ کریکیہ بوزٛکھ بازٛرن اندر ژھوٚپور
سپزردو چھنہٕ حالؔ آسہ سپنہٕ یمن چیزن زٕہیے
چھس اوٚے کھوژان یمن

سپزر۔ آسہ لیو کھٹ دیو تا ہویٚسنہ انجام یُتھ۔ کُس سنابدلادِہ تتھ
نیرہ سپزر بل ضرور۔ ییم شگون یُتھ عالمس کیتھ چھ
سپزرس کیتھ چھ تتھی

کل پوٚرنیا۔ یام کانٛہہ بچھ دُن مران چھُنہٕ آسمان حرکت کران
آسمان چھُ خوٗن ہاران یام مَرِہ شہزادہ کانٛہہ

سپزر۔ مَرنہٕ بزو نیٚتھی ساسہ پھرِہ بُزدل مَران
آسہ یُس بہودر، اکی وزہ پیالہ موتک چھُ چیوان
تُکھ چھ موتس ڈران۔ کپرشاہ عجیبی کتھ یُیہے
پیرشہن زام نتھ زہ چوٚن آسہ پیالہ موتک لازمی من
(نوکر چھ بێنیہ اژان)

دُن شہ پادِری کیاہ وَنان

نوکر۔ چھو وَنان تم یتھ نہٕ از نیرِہ نبر

یام چیر کھ یڈ تیمو قوربان کٹُس
غائب گومت اوس اندرے دِل تسُند

سیپز ر۔ دیوتاہن ہُند چھُ اَکھ منز مطلباہ
سپدِ یُتھ شرمندگی ہِش بزدِلن
آسہ سیپز ر وأنِج روُس حیوان اکھ
خوفہ کِنہ یوُد روزِہ از گرِ سپی اندر
پوٗرہ پأٹھو معلوٗم چھُ خوفس پیٚ کیتھ
خوفہ نِش سیپز ر چھُ کوتاہ خوفناک
اُسو چھ سیہہ جوداہ اَکی وِزِہ لُقن ہیمتو
چھُس بہ زِیُٹھ اکھ، چھُس بہ واراہ خوفناک
چھُسم لہازا از نیبر نیرُن ضرور

کل پوٗرنیا۔ ہائے افسوس، میانہ آغو جأنی وٗریی
جُرعتن نیمرٕ عقل پچھے ژیٚیہ مُہت
اَز مہ نیرِو تہٕ ہرٕ نیبر - اَکھ میون وہے توٚہی وُنِہ
ٹھروِہ ییمو پابند گرس منز۔ خوف توٚہی قرأیو چھِنہ
انٹوٗنی توٚہی سمۡجھنہ ہرتون پأ خام ہیتھ
وَنِہ سینِٹس پیٚی زہ توٚہی ناٹھیک چھہ

سیزرو پادن پیٹھان چھس۔ میون عرضناہ مان از

سیزر۔ جان گو! وینہ انٹونی بیمار چھس

چانہ باپتھ روزہ نہ گرسی اندر (ڈشیس چھ اژان)

ڈشیس بروٹھ چھ ہیو کیاہ۔ وینہ تہمن سورے یوہے

ڈشیس۔ سیزرو خوش آسو تو۔ صبحیچ سلاماہ بوزو تہ

تو ہیو سنیٹس منز اُنو تشریف اوہ سببہ آس بہ

سیزر۔ آکھ تہ واللہ بلکل یورکن موقس پیٹھن،

چھے سنیٹس ونین تیہ آکھ پاغام اکھ

ون تہمن، از یہ نہ سیزر یور کینہہ،

ہیکہ نہ ییتھ، گو بلہ اپزتے 'چھم نہ جرعت' بوڈ اپز

ڈشیسو 'بہ یمنہ از' یہی ون تمن

کل پورینا۔ ہے ونکھ' نا ٹھیک چھ'

سیزر۔ کیاہ اپز پاغام سوزا تور بہ

کیتھ جنگ چھ زیٹھ ہتھ از تام میہ

مس چھیتن کینٹرن زمین نش ون بہ یزس کھوژہ کیاہ

ڈشیسو گژھ ون تمن 'بہ یمنہ از'

ڈشیس۔ سیزرو چھوہ زور ورتھی کانہہ وجہ میہ باوہ تہ

یُھقنہ تہٕ اوَن تِم اَمُن یامت بو یِچھہِ پاٹھن وَنکھ

سیزر۔ میاَنٕز مرضی بوٗڈ وجہ بو ہیمنہٕ از،

چھُہ سِنیٹس یِی وَنُن تاکہٕ لبُن تسکین تِم

چھُہم مگر مےٚ چون محبت، ژیٚہ وَنے تسکین لبکھ

یوٚس یہ آشنہٕ میانٕز چھے کُل پورنی یوکُن بہت

وُچھ اَمی اَکھ خاب ہیبت ناک روٗٹنس بوگری

وُچھ اَمی اَکھ میانہٕ شکلے ہُند پوتُل۔ فنوارہٕ ہیُو،

ژٕدی ہیتاہ اوشس ییمہٕ کینٛز اوس ہاران خوٗن شہ،

اَسی روٗمکی بُتھو تہٕ کرہو اَسی اَسی یِوان کیٛنہہ اوٚتنس

اَسی ہُتھراوان اَتھ منٛز اَتھ پنٛنہ

کور اَمے تابیر خابس، زنتہٕ اَکھ الہام چھُہ

بدشگون خطرک مےٚ چھُہم دمہٕ نٕی تالہٕ پیٹھ

پیٛنیہ اَدے پاٹھن نہٕ ٹھہریو از گری

ڈشیس۔ سارہٕ ہے خابس غلط تابیر چھُہ کوٚر مُت توہے

چھُہ یہ خاباہ بوٗڈ مُبارک تہٕ ہیٚنہ کیٚنھن

خوٗن ہاران چون بُت نلکو، نلیو

روٗمہٕ کیٚہ کوٚر شران اَسی اَسی اَتھ اندر

گوٚ اَمیک تاثیر رُومس چانہٕ سیتین زندگی ہُند خوٗن ہیوٚ دوان فیرہٕ بسَن

بێنیہِ سمین کینہہ شانہٕ بڑی ہِنوی ژٕیہٕ نِش

ہیم رنگن رُومالہٕ پینہٕ نے اَتھ اندر

روزہٕ ییتھ چانی یادگار راہ تا ابد

ییٚی چھُ رُت تاثیر خاکس بل ضرور ییٚس چھُ کل پوٚد نیا یہٕ وُچھمت رات از

سیزر۔ جان تاثیراہ کوٚرُتھ خابس پرزی

ڈشریس۔ ہے آہنسہ۔ یام بوزکھ بێنیہ وَنُن چھُم کیاہ ژٕیہٕ نِش

تیلہٕ ونکھ بل کُل بجا تاثیر چھُ۔ تیلہ بوز دوانی

فاصلاہ کوٚرمُت سنیٹن، تاج دِیُن از سیزرس

راے مابدلے تہٕنز ییٚد سوزہٕ ہکھ پاغام ژٕہٕ، بہٕ ییمنہٕ از،

بیاکھ کیتھ چھے کینہہ کرَن بکواس ییٚی

ہے کرِو برخاس توٚہٕ تامت سنیٹ

خوٚش یونی رٕژ خاب یوٚتامت نہ وُچھ کل پورنی

روزہٕ ییٚد سیزر رکھٕبت، ہے تم کرَن فِسرا سے ییٚی

ہے وُچھو سیزر چھُ کھیژاں کوٚت از"

سیزر دو اَتھ تلخ گفتارس ییٹھن مافی دِیُوم

چانہٕ بے حد مایہ ونہ نوٚدمس یہٕ کتھ

چون محبت چھُ اَمیک بڑ بوڈ وجہ

سیزر۔ بے وقوفی چانٛز وہسے وچھنا، کل پرنی!
چھُس بہ مندچھان بروٹھ کنہٕ یمنی نمیوس
چرِ غہ دم جل جل اَشنہ نیرُن میہٕ چھُم
(پبولیس۔ بروٹس۔ لگاریس۔ مٹالس۔ کاسکا۔ ٹریبونیس

تہٕ سِنا چھ اَژان)
وُچھ پبولیس آو ہو کیاہ ہیانہٕ شب

پبولیس۔ سیزرو صُبحیچ سلاماہ بوزی توٚ

سیزر۔ روز خوش ہو پبولیو۔
بروٹسو ژ ییتہٕ شلہٕ ووتھمت چھُکا؟
کاسکا صُبحیچ سلاماہ بوزتہٕ۔ لگاریس
یوٚت دُشمن اوس ما سیزرژ یَہ زاہ
یوٚت ہو کھرو مُت چھُنک ژ اُمی تیٚن؟
ہے وقت کیاہ آسہٕ؟

بروٹس۔ سیزرو اَٹھے بجے

سیزر۔ شکریہ بوچھس کران یُس تُلوہٕ توہہٕ تکلیف از (انٹونی چھ اژان)
ہے ہو انٹونی چھ آسان خروہ کھہ کڈان کیاہ ژیرتام

از چھ دوٚ ھمت کیاہ ژلے

انٹونی صبحیچ سلاماہ بوزتہ

انٹونی۔ اُسی نے واپس سلاماہ سیزرو

سیزر۔ اُندرٕ توٚہی کرنائے توٚ جل انتظام

پھس بوناوِم میانِہ سببہ پراران چھ بیتھ

ادہ یہ گوٚ پِسنا، یہ مِٹالس، ٹربیونسو

وادیاہ کنتھ چھم میہ ژے سیتھ کرنہٕ اَز

یاد تھوٚ یہی۔ یِزہ دُباری یوراُز

بڑوتھ کنہ بہزہم ترپِنیہ ہم یاد ژہ

ٹربیونس۔ سیزرو تیلی کرہ بوٚتی

(اوٚک پاسے) تیٚیُت نکھ آسے بوژنہ

یُوت زَن چھن یارِ جائی ونہ بہ دُوری آسہ ہا

سیزر۔ دوستو اژکتوٚ اندر، اُسی پکھٹے چھہوٚ شراب

مس چھو، اُسی دوستن ہندی پاٹھی جَل جَل نیرہ ہوٚ

برُوٹس۔ (اوٚک پاسے) سیزرو چھُنہ اندرہ نیرے چیز کانہہ آسان ہیوٚی

بُروٹسس چھ کاشِہ سیدان واٚنجے، شہ یام اُتھ بیہِھ زون کران

(نیران چھ)

# ترییُم نظارٕہ

محلٕچ نس نکھہ اکھ گُگ ( آرٹمی ڈورس چھ اُژان - اکھ کاغد پران)

آرٹمی ڈورس — سیزرو! بروٹس نِش روز خبردار - کاسیسس پیٹھ تھاو پنُن پہرٕ - کاسکاہس نزدیک مہ وٕلہٕ - سِناہس پیٹھ تھاو پننی نظر - اعتبار مہ کر ٹریبونیسس پیٹھ - مٹالس سمبر نہٕ زناون ٹھیک بأنٕھ ڈِشیس بروٹس چھے نہٕ ژیہ لول بران - کاسی لگارِسس چھُت ژیہ دوکھ دِتھو مُت - یمو سارٕوے پیٹھ چھے کنی اَٹ کرمژ - تہٕ یہ اٹ چھ سیزرس خلاف - اگر نہ ژٕ چھک اکھ لافانی شخص تیلہٕ تھاو پانس حس - یِس پانس پیٹھ بُلہٕ بروس آسہ سُو، چھ سأزِش ہنز وٕلنہٕ یوان

دیوتا کرینے ژیہ پانے رأچھ —— چون یار

آرٹمی ڈورس

روزٕ اِستادٕ بو تَوتام سأیلاہ ہیوٗ یُتہٕ نس

یام یِکہٕ یپارِ کینژ — ادٕ بو دِمس

چھم دِلس منٛز کاشہ سُیدان یام چھ قأبِل کُکن

حسدٕ عہ ستین تیر زہرکی ہر طرف لایان رقیب

سیزرو یوٗ دوٕ پرِکھ یی ژٕ بچکھ

نَت چھہ کرِمژ قسمتن تے ساڑنو مشے اُٹ پانڈوانی

(نیران چھُ)

●

## ژوُرِم نظارہ

رُوم - اَمی گلہٕ ہُند بیاکھ حصہ۔ بُرُوٹس ہندِس گرِس بُرونٹھ کنہٕ

پوُرشیا تہٕ لوٗسی یَس چھہ اَژان۔

پورشیا۔ ہو لگے ناوس ژیہٕ گوٚبرو، گرٛشہ سنیٹس تام ژلِی

مایہٕ ژھُم دکوہ سببہ تہٕ کیاہ، ژہٕ دور تگ

کیاہ ژہٕ وُنہٕ ٹھہرِتھ چھُکھا ؟

لوسی یس آغ بأنی کأم کیاہ چھم تِی وَنیم ؟

پورشیا۔ چھُم یتے ہاوس ژہٕ گرٛشہ توٗت، تورِ وأتِتھ یوٗرہی وَل

توٗہ پتے بأوِتھ ہیکے کیاہ چھے کرُن (اوکھ پاسے)

میانہٕ استقلالہٕ میہٕ مدتھاہ ژہٕ کر

بال ہیوٗ پأداہ ژہٕ کر زیوٚہ تے دِلس منز بأگ میے

چھُم دِلاہ مردانہ میے لیکن زنانن ہند جگر

راز ہیراوُن چھُہ کوتاہ سخ زنانے کیٛتھ اَکِس

ہو لوسی یَس ژہٕ وُنہٕ ییتہٕ نے چھُکا ؟

لوسی ییس۔ آغہٕ بأیی وَنتہٕ میے چھم کیاہ کرُن

محلہ خانس کُن دُوُن تے بی نہٕ کینہہ

قرواُتھ بی ژیہٕ کُن یُن بی نہٕ کینہہ؟

پورشیا۔ آہنو گوبرو انتہٕ ییی شیچھ آغہ چون چھاوارہٕ پأٹھۍ

ڈراو یٔلہ گرہٕ اوس سہ "ناٹھیک ہیوٗ"

بی ژہٕ وچھ ہم اوس کیاہ سپزر کران

اُسی کم سأیل تیمس اندی اندی کھڑا

ہیہ لوسی لیس! بوز کیاہ سَن شور وۆتھ؟

لوسی ییس۔ آغہٕ بأیی! چھس نہٕ کینہہ بوزان بو

پورشیا۔ ہو لگے ناوس ژہٕ بوزُم وارہٕ پأٹھۍ

چھس فسادہ ہیوٗ بوزان کریکہٕ ناد

محلنے بیٹھ انان چھُ واوا تھ یوکُن رٹتھ

لوسی ییس۔ باخدا بہ آغہ بأیی چھُس نہ بوزانی کُنہہینہ (اکھ موت چھُ اتان)

پورشیا۔ ہے ژہٕ لُس چھک؟ ژہٕ کمہ وَتہٕ آکھ یِژت؟

موت۔ پننہ گرُم کیز آس یِژت

پورشیا۔ ہے وقت کیا آو۔ ہے

موت۔ توہہی آسَن نکے مرثظاہرا

پورشیا۔ محلخانس کُن ژَیہ ما سیزرُ و چھت نیران گُنے؟

موت۔ ہے نبی — وۄنی روزہٕ اِستادَے ہُتِین

نظرِ روزس یام یپأرِ نیرِ شہ

پورشیا۔ ہے سوالاہ چھُے کرُن ژیہ سیزرس۔ چھُے ناکرُن؟

موت۔ ہے آہن بی — یَوِ دَنیس دِل بوزِہ میون

سیزرس پانس کیُتھَن تِی آسہِ جان

بوہیمس پادَن زِہ حیس پانَس ژۄ ہتھاوہ

پورشیا۔ کیا تُہندِ کیٚنژ چھا تمُس کینہہ خطرِ کانہہ

موت۔ چھُم نہ میے معلوم کیٚنہہ تے وارِہ پأٹھ

خوف ہیُو کیاہ تام چھُم تے سیدِہ تی

دِم اجازت وۄنی میہٕ — یُتہِ نَس گُژھ چھہِ تنگ

بیرِ برِ یوس آسہِ یُتہِ یُنہٕ سیزرَس

جج تہٕ بی ممبر سنیٹکی، عام سأئِلِ وارِ یاہ

زُو لَتَن تَل تِہم کڈن نا مذکہ شخص میے ہیُس

جاے یُتنَس آسہِ واراہ تُتہِ نَس

یام سیزرِ نیرِ کتھ باتھاہ کرو

پورشیا۔ وۄنی میہٕ پَژہِ اَندرِ ہی اَژُن (اَوٚک پاسے)

ہے کیتھ راہ نوز کی آسان زنانن چھ دِلس
بروٹھو ژیہ مقصدس منز دیوتا کرہسنے مدد
خدشہ چھم کُنہ گژھی نہ آسنو زانی منز میانی خیال
برُوٹھس دِرخاستاہ تیتھہ دِیُن چھُنا
ییتھ نہ منظری دیکس سیزر نژہینژ
اوہ، بو چھس بے ہوش سپدان ـــ لوسی یَس
گژھتہ جل، آغس سلاماہ ژہ ونَم
بنیہ وَنس چھس وارہ پاٹھن - تورہ وَل فیریتھ جلد
بنیہ انم باغام کیاہ سَن شو ونم

(دیگران گیران نیران)

# ترییُم انگ

## أکم نظارہٕ

رۄم ۔ محلن٘ا نس برونٹھ کنۍ ۔ سنیٹ چھُ ہرٕ کنۍ بہت لُکن ہنٛز بٕہ چھہٕ گلہٕ منٛزی محلن٘ا نس کُن دوان ۔ تمہٕ منٛز چھُ ارٹمی ڈورس تہٕ موٗت وہ دِنہٕ ــــــــ شور چھُ وُہتان

سیزر ۔ برُوٹس ۔ کاسیٖیَس ۔ کاسکا ۔ ڈِشیَس ۔ مٹالس ۔ ٹربیونس ۔ سِنا ۔ انٹونی ۔ لیپڈیس ۔ پپولیس ۔ پپولیس تہٕ باقی چھہٕ اَژان ۔

سیزر ۔ (موٗتس کُن) اَز چھُنا ہے مارچُن پنداہمہٕ ؟

موٗت ۔ سیزرو لیکن سُہ وُنہٕ مہ کلیوو ما ؟

آرٹمی ڈورس ۔ چھُے خوشامد سیزرو ! پرٛتھ یہ کاغذ جلد پَہن

ڈِشیس ۔ التجا چھی ژیہٕ ٹربیونس یِی کران

تمہٕ نظرا کرِو درخاستس ژٕہ جلد پَہن

آرٹمی ڈورس ۔ سیزرو چھُٹو نیاژ گوہ ڈینچھ ژہٕ پرِن

اَتھ چھُ تعلُق سیزرس سیتی سیٹھا

سیزرٕ چھُک شانہٕ بوڈ گوڈ نیتھ پرُون

سیزر۔ آسہٕ یتھ اسہٕ سیتی تعلق زوٗن کروتھ بیہتھ پوتُس

آرٹمی ڈورس ژیر ماکر سیزرو۔ پرتھ یہے تعجیلہ سان

سیزر۔ کیا سنا! چھُک ما سنا پاگل گومُت

پبولیس۔ ہے دفا گژھ، جاے۔ تُوکُن تراو وتھ

کاسیس۔ کیاہ ضرورت چھُ تُہ ہے درخاس دِنی کوچن اندر

محلفانسس کُن پکو

(سیزر چھُ سینیٹس کُن گژھان۔ باقی چھس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تہٕ

ساری ممبر کھوٚد وتھان)

پبولیس۔ (کاسیس کُن) چھُم میہ خاہش سرخ رُوی از گژھی حاصل گژھنی

کاسیس۔ سرخ روی! کتھ سنا پبولسو؟

پبولیس۔ کامیاب سپدُن گوژھک (سیزرس کُن بڈان)

برُوٹس۔ پوپلیس لیبا وَنان اوسی ژیہ کیاہ؟

کاسیس۔ ہے دوپُن گژھم اسہِ بنیہ از کامیاب

گو چھہ سازش سانی گامژ فاش تیلہ

بروٹس۔ وُچھ سہ کتھ کنو سیزرس کُن چھُ بڈان، ژہٕ تھاو حس

کاسیس۔ کاسکا ہو لاگ سہ چالاک ژہٕ۔ خدشہ چھُم اسہِ مارٕ تھ

بروٹسو وونی کیاہ کرو اُسو؟ فاش ہیر سپد یو یوٚد
کاشی یَس یا سیزرس نیرُن سلامت، یَتہِ چھُما؟
لایہِ تیٚلہِ پانَس خنجر

بروٹس۔ کاشی یسو ژٕہ روز دوٚر
پوپلیس لینا چھُنا سونے وَنان
وُچھ سہ ژٕہ ہیٚمی ترووِ اسنا، سیزرنہِ ما بدلیو وُچھ

کاسی یس۔ چھُ ٹربونس وارہٕ زانان وِز پینیو
بروٹسو وُچھ نیون انٹونی کڈِتھ اوٚک یورتمی

(انٹونی تہٕ ٹربونس چھ نیران)

(سیزر تہٕ سینیٹکی ممبر چھ ہنہ نہٕ ہنہ نہٕ جایہ بیہان)

ڈِشی یس۔ مٹالس سمبر چھُ کتہِ سن؟ نیرہٕ ہا
جل پیہُن درخاس دِیہ ہا سیزرس

بروٹس۔ ہے سہ چھُ حاضر۔ گرشاتھ ساڈس ہنا

سِنا۔ کاسکا ہیو یاد تھوسہ۔ چھے ژیہ گوڈُہ نہتھ اَتھ تُلن

سیزر۔ دوستو! کیا سہ چھوا ساڑی تیار؟ وَن سہ ژٕہ بنی شکایت
یَتھ ہیٹھون بٹیہ سیزرس تے بی سنیٹرس زون کرُن؟

مطالس سمبر پایہ بوڈتے شانہٕ تھوٚد بنیہ زورور چھک سیزرو
مطالس سمبر چھہ پادن پیٹھ پنُن عرضا کران (پادن چھُس پیوان)

سیزر۔ نیمنہٕ نش ہیاوُن ژہٕ پتھ وُنی کین پزٕ کھ میٖٹھ سمبرو
پتھ کنیتھ پادن پیٹھن پیوِن، زاد پاراہ بی کرِن
آسہٕ کانژھاہ مُذکہٕ تھنو خوٗن گرماوِتھ ہیکس
مُستند قونوٗن شرٕ لازمی اندر بدلاوِہ سُے
احمقاہ اکھ بن مہ، پئی سُہ تحیت وُنی کین
سیزرن دِل آسہٕ کیاہ پوتُر تنگ
وہنگِہ پُس یکدم خوشامد اکھ کرِتھ،
میچھ کتھ، پادن پیٹھن پیوِن، بلکہ کرِنی تاریف ہا
سیزرس پتھ چیز بدلاوُن نہ زاہ
مُحکم مُجب بوزی چون گو بے وطن

یوٚد نہٕ نندہٕ بٕ بتھ ڈُہے پادن پیوان روٗدُکھ میٖٹھ نش
ہوٗنی سندی پاٹھین بوو تہٕ منزہٕ کھسہٕ نتہٕ دی دی ژہٕ کڈتھ
یادتھو پتھ پاٹھو۔ سیزر ژھینہٕ ظُلم ناحق کران
کرِہ نہٕ احسان کانٕسہٕ پیٹھ تسکینہٕ روٗس
مطالس سمبر۔ میانہٕ یمہٕ آوازہٕ کھوتے ہے چھنا آواز بٔتہٕ کانٛہہ پُراثر

کوٚملہٕ ہے دیوٚ شانہ بوڈ سیزر ذرا

یُتھ زِ واپس اَنِنہٕ ییہِ ہے بوٚی میون پردیسہٕ منٛز

برُوٹس۔ سیزرو میوٗٹھا بوٚ کرہ ہے ییتھ اَتھس تأریفہ روٗس

چھُم عرض منسوٗخ کرِو توٚشہٕ حُکم

پوبلس سمبر چھُہٕ یتِمہٕ کنہِ بے وطن

سیزر۔ برُوٹس! پوان حأرت مێہ چھُم

کأسی یسیا۔ سیزرو مأفی دِیو۔ ہو سیزرو

مل بٔنیتھ بأزار یارُک کأسی یس عرضاہ کران

پوبلس سمبر کرُن آزاد دوہٕ نی

سیزر۔ آسہٕ ہا یوٚدوے تٔہنا اَکھ تہٕ ییہ ہیوٗے

آسہٕ ہم تأثیر مێہ گومُت سیٹھاہ۔

آسہٕ ہا یوٚدوے کران کانٛہہ اِلتجا ہا کأنسہِ نش

اِلتجا ہٕنٛز ہُنٛد اثر مێہ آسہٕ ہم

چھُس شُمالی تارکُس ہیوٗ، بوٚ مستقیم

یُس، چھُہٕ اَکی سے جایہِ روٗزِتھ بٔن کنیاہ

چھوٚنٛز آکاشس پێٹھ کانٛہہ بیاکھ تیُتھ

اَنِتھ رٔوسو تارکھ جُرِتھ چھُہ داِمنش آکاشہٕ کس

ہر اکھاہ زوتان بی چھکران تار

پنہٕ پنہٕ جایے پیٹھ اکے رُوزِتھ چھُ لیکن برقرار

چھہ یتھے پاٹھین زمینس پیٹھ سیٹھاہ انسان اَز

واریاہ کمزور انسان، واریاہ چھہ نرم دِل

چھُم یہو یتھو منٛز مے معلوٗم بَس انسان اکھ

یُس چھُ مستحکم تہٕ پنہٕ نے جایہ رُوزِتھ برقرار

تَس چھُ میونُے پان ناد

چھُم یہے مرضی میہ یتھ مُلکس اندر

اُس میأنی ہِند زہ سمبر وطنہ منٛز کڈنوو میے

وونہ تہٕ چھہ میأنی ہِند یتھے کُنہٕ رُوزی تن

سینا۔ ہوسیزر

سیزر۔ گژھ دفا۔ کیاہ ہیکہ ہِنا ڈاٹلِتھ زہ اولمپس یتے

ڈِشیس۔ شاہنہٕ بڈہ ہو سیزرو

سیزر۔ ہاے بروٹس تے پیو پادن۔ مگر کیاہ حاصلی

کاسکا۔ میانہٕ بدلے بولی تن اَتھ میأنی تیٖلی

(کاسکا چھُ سیزرس گردنہٕ خنجر لایان۔ سیزر چھُس زہ ٹھکہ کران۔ پتہٕ چھس باقی سازش گرہ

---

۱۷ اولمپس چھُ یونانک اکھ واراہ تھود بال

خنجر لایان۔ ترِ پتش مارکس برُوٹس )

سیزر۔ ژہ، ژ، تیا بروٹ

( سیزر چھُ پیوان — مران )

سِنا۔ ہے ڈیچھ آزاد گیہ اُسی — مُود یکدم ظلم مُود

نیرِ تو، اُسی کریکھ دِتھ اعلان کرِتھ ہر طرف

کاسیئس۔ اُڈی گژھو توہی جلسہ گاہس پیٹھ کرِو اعلان توہی

اُسی سپدِی آزاد وتھنی تے ژھیون غلامی ہند گردم

برُوٹس۔ ہے لکھ! ہے ممبرو! مَتہ کھوژِو تو

ناژلہ۔ اِستادہ رُوزو — ٹھیک نتیجا تو ہرِ وچھو

کاسکا۔ جلسہ گاہس پیٹھ ژہ کھس ہو برُوٹسو

ڈشٹیس ژہ ہتہ ہسہ ہے کاسی سیو

برُوٹس۔ پبلیس گو کور کُن ؟

سِنا۔ چھُ یہ کیاہ گومُت پریشان سائنی بغاوت ییلہِ وُچھن

مٹالس سیزر ہے سیمہ نزدیک ییکھا، سیزرُن ییزِ دوس کانہہ

موقہ ژھارِتھ ۔۔۔۔

برُوٹس۔ کنہِ مہ کر ژہ روز نیچ اِستادہ پیتھ کنہ، پوبلسو

روز ژہ خیش یا ٹھُو بِل گل، چھُنہ غرض ژیہ سیمتھ کانہہ

چھُنہٕ غرض بێیہِ کانٛسہِ ہیتھ۔ پوبلسو ژہٕ وٚن لگن

کاسکا۔ پوبلسو دوہٕ نیرا اُسہِ فِش یتھ نہٕ تۄکھ یِیٚکھ دٚوَن

خامخاہ مۄرِ کرِ دیاد میس واتے اِزا

بروٹس۔ کرسہٕ تی بێیہِ ییتھنہٕ کانٛہہ ذمہ وار بنہٕ ییتھ کامہٕ منٛز

ماسوائے اُسہِ، چھ سازش بازیم

(ٹربونس چھُ بێیہِ اژان)

کاسیس۔ انٹونی کتہٕ چھُ؟

ٹربونس۔ ہے شہ ژوَل وۄنی گرِ ہ گنتھ حاران گژھت

چھ زنانے، مرد تے شرٕ کریکھ لایان بی ژلان

واتِہ رِش زن چھ قیامت یِیرِکھ

بروٹس۔ شیدہِ اُسہِ معلوم آکہ دوہہ، سون قسمت آسہِ کیاہ

پی زِہ آکہ دوہ یہہ اُسہِ مرُد۔ لیکن عجیبی چھ کتھا

ہر اکس چھ یِہی فِکر، گژھہ زیٹھ اُسہِ آسنۍ عمر

کاسیس۔ زندگی منٛز وۄہ وری بِرہ نیہہ کانٛہہ ژھنُن مارِتھ۔ یہِ گوٚ

موتہٕ کس یمہ نشن موہ کلوو تِتھ وقتس اَسے

بروٹس۔ اَتھ گنتھ نظراہ کرِتھ چھُ موت بڈ اکھ رحمتاہ

اُسہِ چھ ییتھ کنہ سیزر سنٛدی تلی دوس سارِ ی دوستو

وٲنس اَسہٕ ژھوٕٹرٲو تِمَو سٕنز موتہٕ کِس بیمہٕ نِشن

ہے وطن دارو سیمو، نیمو توٚ یِیتین

کھوٚن وٚٹن تامتھ مَنتھو اُسی سیٚپزٕرٕ ن خونٲہ اَتھن

کرِتلن روغن کرِو اَمہٕ سیتھ تے پتہٕ بَہن وٚسو

جلسہ گاہس بیٚٹھ گرٛٹھو گلوان وٕہ زبہ کرتلے

بییہٕ تلو کرِیکہ ناد آزادی تہٕ بییہٕ امنکٕ ژوٚپور

کاسیوس۔ ہے نیمو پٔٹھرِ واُتھے

سٕونچو توٚ توٚہی زہ اَز پتہٕ پیرہِ وادی بُروٚنٹھ کُن

کارناماہ سون آسُن لگھ سٹیجن پیٹھ گِندان

سلطنتن ییمہٕ وٚنہٕ چھہٕ زیوٚنے، یِی زبانن منز تِمَن

ییم شر وٚنہٕ معلوم چھہٕ بِل کُل مُلکن

بُروٹس۔ ہے آہستہ، پأٹھرن منز کیتہٕ ژرٕ سیپزٕ مرے

یُس چھُہ وٚنی کیٚن پامے پنٕدِن کھوٚرَن تَل گٹنز پیوٚمت

چھُس نہ میٚترٕ ہندِ کھٕمہٕ تہٕ بِل کُل خوٚبی یاہ

کاسیوس۔ ہے ییتہٕ گٹنز سون پأٹھر گِندِن بییہٕ نا بار بار

اُسی، ییمو آزادی یاہ مُلکس دِژ کھ

ڈشیوس۔ کیاہ وٚنان چھوٚہ؟ نیرو اوٚہ نی اُسہٕ نبر

کاسیس۔ ہے آہنہ ہرا کھاہ نیرِن نیبر

رہنما چھہٕ سون بُروٹس اُسہ رٹو دامانہٕ تٕسُہ

جُرتہٕ ساں نیرو، پھ اُسہ رُوہکھ گبر

بروٹس۔ شی! یہ کُس سَن آو یور؟ (اکھ نوکر چھُ اژان)

اوٗ! یہ چھُ اکھ دوستاہ انٹونیُن

نوکر۔ بروٹسو آغن ووٗنم ژٕ یہٕ نِش نیمٕن

بی ووٗنم انٹونیَن پادن ژٕ یہ پٮ۪ین، عرضاہ کرِن

'بُروٹسو چھُکھ با ایمان، دانا، بہوٗدر، عزتہٕ دول

اوس سیزر زوردار تے باجُرت تےٚ مایہ ہوت

مارے چھُم مییہ بروٹسن بییہِ چھُس تمس عزت کران

خوف اوسُم سیزرُن یوٗد مارے اٚسیم بی عزت

یوٗد تھوٚیم محفوظ بُروٹس، سیدہٕ تیلہِ حاضر بو

کرہٕ دِلس تسکین کوٚہ سیزر دلیو خاکس اندر

موٗدُس سیزر، برس ما مارے انٹونی زِ یہینز

زندہ بُروٹس مایہ لایق چھُم مییہ بُس

دمہٕ ژُ نوٗس دورس اندر یکہ بروٹس بو پتہٕ پیٚتے

اُسی تَن خطرات کیتیاہ، چھُم مییہ پرٕژھ ژٕ یہ پیٹھ سیٹھاہ

بروٹسو آغن وۆنتھ یہ اژیہ وَنُن

برُوٹس۔ آغہ چون دانا چھُ بلکل بنیہِ چھُ رُومک زوروَر
رایہ بد اۍسیم نہ میۍ تمی برنز زہ نہیند
وَن تمس یۆتام اَن تشریف نہ
بو دِمس تسکین ۔ یِہ بیہ چھُم قسم
واتہ نہ کُنہِ قسمہ ہرگز زکھ تمس

نوکر۔ وُنی یِتھے گژ بہ اَتھ تیلہ یُوری شہ (نیران چھُ)

برُوٹس۔ چھُم پتاہ پۆزکر پائِٹھی بنہِ ششتہ دوس سوان

کاسیس۔ ہا، تیلہ کیاہ اوس ۔ چھُم میہ وہمہ ہیو
یہی زہ چھس کھوژان تمس
بی تہ شک میانی چھُ دہ ہے نیران پۆزی

برُوٹس۔ آ، ہو کیاہ انٹونی (انٹونی چھُ یِیہِ اژان)
انٹونی خوش پائِٹھی دِل سہ یورکُن

انٹونی۔ ہے زور آوارہ سیزر! کوہ ژہ چھُک میژہ پیھٹ پیۆمُت
شان و شوکت، کام رانی، روب داباہ چون چھُ
میژِ مژیں منز کوہ ژ میومُت یتہ کنیتھ؟

الوداع! بس الوداع

چھِم نہ خبراہ دوستو، وۄنی کیاہ اِراداہ چھُ توہہِ
آسہِ بی کُس کُس مرُن، کُس سُن پیپو مُت آسہِ بی
یُود بیےٚ چھُس؟ تیٚلی چھ گرٕ بہتر ییٚہۍ

سیزرس سیتی مرُن چھُم تیٚلو روا
آسہِ یُتھ ہتھو یار بنیہِ کُس سُن محفِل؟
کرتلے توہہِ شرے چھ وار اہ شاندار

رِتھ یمن لأرِتھ چھ وۄنی کین سیزرُن
چھُس توہہِ پادن پیوان، یۄد چھُوہ بغض توہہِ میون کانہہ
خۄن چھُوہ گرمی اُلقن لأرِتھ، تہٕ کرِتو آرزٕ یۄدوے پٔنٕن
وَرِ یہِ ساساہ روزٕ یۄد زندٕے، یہِ موقاہ ییہِ نہ زانہہ
ییہِ نہ خوش میے جاے بیہِ کانہہ، موتہِ کی سامانہ ییتھو
سیزرس نِش ییتھو میسر چھیم وۄنی کین
تُہندِ دِسی بیہِ موت آسُن، یم چھ وقتکی روح از

بروٹس- انٹونی! ماژھار اَسہِ نِش موت ژٕہٕ
اَسی چھ باساں وۄنی کینس قاتل تہٕ ظالم دنیہس
سانہِ دِسی یوس حرکتاہ سپدٕے یہِ اَمہِ کینہ خاص کر
یۄد نیبر کنہ چھُک وُچھان اَتھ سأنی خۄنش منز بوڈتھ

بی یہ خوٗنہٕ خوٗن، یُس پکہ نو واز سانیو اَتھو

چھُک نہ لیکن سانٛی دِل ڈیشان ژٕہ

حسرتہٕ سیٚتین چھہ تِم بے ٹھک بٔرِت

چھُہ سبب اَمہ حسرتُک، ژُومُس چھہ یوس لاچارگی

دٕدٕ ہیتِس کھاران چھُہ یِتھ کُنز انگ نارِی، تِتھٕ کنیتھ

حسرتاہ ژُومُک سُپُد از سیٖنز رنہٕ موٗنکُک سبب

انٹونی ! ژٕ سیٚتر چھُنہ اَسہِ کانٛہہ بُغض

سانہِ شمشیرے چھہ ژٕیہٕ برونٛہہ کُنز معہ نڈان

سون ہیتھی یاراہ چھُہ ژٕیہٕ برونٛہہ کُنز یِتو مُت

سانٛی دِل اکھ بوٚی زاءُ نِتھ چھی ژٕیہٕ از آلو دِوان

چھہ یِمَن منز مایہ تہ بیہ مہربٲنی، پوٗز خلوص

کٲسریس۔ آسہِ اَسہِ منز کٲنسہِ ہُنز آواز ییٚژاہ پُر اثر

عہد پیٚلی آسی بأگراوِو، تیٚوُت حق آسی ژٕیہٕ تہ

برُوٹھس۔ تام کرِ ژٕ یدٕ ہش دِموتسکین اُسی گعہ ڈنیتھ گکن

تا نتھرے مِتھو رِتم چھہ واراہ خوفہ سیٚتو

سیٖزرنٕ کاٚژاہ میٚیہ آسیم مارے۔ کوٚہ سہ مورمیٚیہ

اَمہ پیتے صورٕ وتے۔ کِتھہ پأٹھ پِنٛہ حرکت کٔرِم

انٹونی۔ چھم نہ کانہہ شک چانہِ دانائی پیٹھن

ہر اکھاہ میہے سیتھ دِسی پوٗسیا گرٕو خونے اَکھو

بروٹسو گوڈنیچ ژیہ سیتین۔ کاسی یسو

تمہ پتے ژیہ سیتہ دِسی پوٗسیاہ گرو

ڈشی یسو نونی چون۔ دونی چون مٹالسن

چون سِنا۔ چون بہودر کاسکا

دِم اَکھس منز رٹنہ میہ دونی اَکھ پنُن

آخرس پیٹھ آکھ یود ژ بیونیس

کانسہِ ہندِ نش چھم نہ کینہہ کم ماے چانی

دوستو! افسوس کیاہ ونہودو بو

چھم دُد دوت گومت، تہ کھر دتہ پیٹھ گژھ چھم وونی کینس

زِ کھتے تو نچھتھ ہیکہ تو ہرونی کینس

ییِ زِہ چھس بزدل بونتہ خوش آمداہ چھس توہہ کران

پوز چھُم ییِ میہ اوس محبت سیز ژن

چون روح یود آسہِ وونی کین سیز رومیہ کُن وچھان

دگ دو بتھان آسہِ ژیہ موتے کھوتہ سخ

آسہ ہَن ڈیشان انٹونی پنُن نش دشمن

آسہ ہین ڈیشان انٹونی پنُن نِشِس دُشمن

یُس کراں دُسو پُسو رتہ برتہ ہین اَتھن

رنگیٔہ آرہتہ ہیم اِچھ چانے خوٗنہ سیتہ

شانہ بڈہ ! اِتھ چانہ لاشے برونٹھ کنہ

آسہ ہَن میٚہ تیٚژہ اَچھ، ییتیاہ ژٕ یہ بدنس چھی زخم

خوٗن ہاراں آسہ ہا - یِتھ کنہ کھہ لوٗ دارِی پکان چھُہ اَلتھ پیٚٹھن

اوس میٚہ کیٚنژھ جان تی - اَمہ کھۄتہ چانین دُشمن سیتہ

صلاح لاگنٕ میٚہ پیٚو

جولیسو مأفی میٚہ دِم - ژٕہ زالہ یِتہ نس لوگہ اکھ

بے بسی مَنز ہیو کھ ہرنا رہیو اَتی

اَتی بنی اَندی اَندی دوہ دِنی چھی ژٕ یہ شکاری

خوٗنہ چانے گوندی رنگیتھ لاگِتھ تہ دوہ زِے میتھ قوئی

دنیا ہو ! اوسُکھ ییمس ہرنس کیٚنژھن اکھ جنگلاہ

اوس سیٚر زہ دنیا ہو چھن جان وِدل

شاہزادو زنتہ کوٚر ہرناہ شکار

کاشس یسس - مارک انٹونی !

انٹونی - کاشسیسو مأفی دِیو، یُس آسہ دُشمن سیٚرزن

پیٹھ ہُن باوِتھ تُتے ہیکہٕ ٹھیک پاٹھو
یارہٕ سِندہٕ باپتھ چھُہ یہٕ بے جان غمگٕ اظہار اکھ

کاسیئس۔ سیزرس تارِیف کرنٕک چھُے نہ کانٛہہ تقصیر ژےٚ
وَن کرُن کیاہ چھے ژےٚ اَسہٕ سیتِن سلوٗک؟
دوستَن منز ژہٕ کروتھا اَسی شُمار
کِن پکہٕ پانس۔ ژےٚ بیٚہٕ چھُنہٕ اعتبار؟

انٹونی۔ ہے کرے ییم نامیٚہ دُسر تُوسیاہ اَوے
گے میٚہ کتھ مُشی ژھی ہیٚیم ییٚلہ سیزرس کُن اکھ نظر
چھَم تہٕ ہشر میٚہ ماے داراہ۔ دوس چھو ہُم ساری تہٕ ہے
چھَم مگر وۄمید تہٕ ہیوٚدنی ہُم سبب
اوس سیزر کیتھہ سناکٕنز ہیم ناک

بُرٹس۔ ہے آہنسہ نتہٕ چھہ اَسی وحشی قصائی
چھَم وَزن تھاوان داراہ، ساٗنی یہٕ بوزکھ دلیل
ٹوٹھ پیٚہ سِتراہ سیزرُن یوٚد آسہٕ کُکھ
تہٕ تہٕ تسکینہ ژہٕ لبہٕ یکھ پوٗرہ پاٹھو

انٹونی۔ بس میٚہ چھَم کافی تُہتے
چھَم مگر اکھ بیاکھ کتھ عرضناہ کرٕنی

جلسہ گاہس پیٹھ پر نیمہٕ ہن لاش اَمی پیٹھ دوستو

یارہٕ سینڈرہٕ درجے لگن کرہٕ ہا جنازس پیٹھ خطاب

بروٹس۔ جان گو کرسہٕ ژہٕ تی، ہے انٹونی

کاسیس۔ بروٹسو اکھ کتھ کرٕنی اَسہ ژیہٕ سیتۍ (اوک پاسے)

پتھے پیٚژ ژیہٕ معلوم چھُک کیا ژہٕ کران

گژھہ میہٕ ژہٕ راضی زہ انٹونی کرِن تۄکن خطاب،

ہوش کر ژہٕ، کیتہٕ ہن تۄکن یہٕ فرہٕ پانس گنتھ

یام تقریراہ جنازس پیٹھ کرے

بروٹس۔ (اوک پاسے) ہے ژہٕ دِم مأنی وَنے بو اکھ کتھا

نیرہٕ پانے جلسہ گاہس پیٹھ گوڈے

بیرزنہٕ مرنکو سبب سأری بو پانے کرہٕ بیان

بیہٕ یہٕ انٹونی وَنکھ تتھ کرہٕ وضاحت بروٹھ بو

بیہٕ تہٕ سانے ازنہٕ تسٕ بہ لُن چھُنا

شان و شوکت سان گژھہ نیرُن جنازاہ سیزرس

اَسی چھ اکھ پیٹھ خوش سپھا

واتہٕ اَمہٕ سیتین اَسہ نہ نقصانہٕ بدلے فائداہ

کاسیس۔ (اوک پاسے) چھُم نہ میے معلوم کیاہ سن سپدِ وو نی۔ چھمہ نہ پزھہ حرکت پسند

بروٹس۔ ہے یہ کیاہ چھے لاش۔ ژن سہ، سیزرنی، انٹونی یو
پیٹھ نہ تقریریس اندر کانہہ راہ کھار، کھ اُسہ پیٹھن
سیزرس تاریف کر، پیرداہ خشی پانس ژیہ چھے
وُنی زہ بیہ ژہ، از نہ سانے سیتی کرتہ تقریر میہ،
ورنہ کانہہ بابتھ ژیہ روز، ماجنازس پیٹھ پنیچ
بیہ یہ کینژھاہ چھے ونن ژیہ۔ چھے ونن
تتھ سٹیجس پیٹھ۔ بو یتھ پیٹھ بولہ وُنی
میانہ تقریرہ پتے ژہ وُلتھ زہ ٹھوُد

انٹونی۔ جان گوتِ۔ چھمنہ بییہ کینہہ آرزو

بروٹس۔ کر سکھر تیلہ لاش کڈ نیچ۔ اُسہ پتے وہ تھ نیر تیلہ

(انٹونی یس ورائے سارے نیران)

انٹونی۔ ہے میہ درم مائی ژہ میٹرہ ہندہ خون پکہ ژٹہ یارِ جو
مارہ واتل ییم چھہ، چھس لاگان ہمن نش جو
چھک مقدس یادگاراہ، ژہ تیمقس سانہ شیر
وقتہ چین لہرن اندر دوراہ پنن تیمس گو گزتہ
اُسہ تن لعنت تیمن، تہندین اتھن بی، ہیے ییمہ
قیمتی یتھ خون پکہ تو بے دریغ

ہے ہیمِن زخمن نشے پیشین گوٗنی چھُس کران

ییم چھِہ خاموشی اندر ہیے کُنی وَنان وۄنہٕ زلیو وُڈھو

پیہندِہ باپتھ میانہٕ زیٖوِہ منٛز نیبرِہ نا وۄنہٕ نی اکھ کھتاہ،

ہے لِکن تانَن اندر سیٚدَن مرض کم کم تیار

گرِ تنازن لگہِ وُتشُس، بہ بادِی یاہ اٹلی اندر سیٚدِ ژھۄپور کر

خون سیٚدَن، بتیہ تباہی عام آسے ہر طرف

ییٚیشِہ ییم وُلنہٕ بلایے ہر طرف آسن وِرزِسے

ماجہ ییلہٕ آسن وُچھان پنٛنین شُرین ہُند قتلِ عام

جنگہ چین لہَرن اندر، یتہٕ تۄتہ تیمہ آسن اسان

وُلنہٕ حسرٕ کتھ کری کری احساس رحمکی بس مرن

بدلہٕ ہینہ مۄکھ سبزرُن رۄح نیبرِ وۄنہٕ نی

ایٹ[۱] آسِس ستہٕ سیتی جہنمکی داروغہٕ ہیتھ

یام یتھ طرفس گُنٛتھ ییہ، حُکم کرِ شاہانہٕ سۄے

ہے کرِہ بہ بادِی یاہ تیٚہی ہر طرف

ژاوہ بتیہ آزاد سۄ جنگ چین بلاین ہر طرف

---

۱ ایٹ Ate ادِس Eris سِتھ گۄر۔ یوٗنانی دیومالایہ منٛز جنگہٕ دیوی

بعوپس یہ چھ ناکارہ حرکت، ژلہ سہ ترشھ یہ بوے دوہ نی
رُوح تامت کریکھ دِن، دوہ نی لاشہ تو ہیو دفنائو توکھ،
(اکھ نوکر چھُ اژان)

چھُک ژہ نوکر اوکٹی وس سُند، دان چھُکا؟

نوکر۔ ہے بہ چھس سے۔ انٹونی

انٹونی۔ سیزرن تس اوس لیو کھمُت رُوم یِن

نوکر۔ دوت تمی سُند خط تمِس، بیہ چھُہ یِکان
بیہ زبانی مہ اَتھے شیچھ سُوزنے (لاشہ کُن چھس نظر پیوان)
کیاہ! سیزر!

انٹونی۔ چھُئے دِلس منز اوش سیہٹاہ، گرشھہ سہ ژہ ہوکُن روُدنہ بہ ہا
غم چھُہ نیکن لارہ دوُن، ہیہ تہ ٹارِ یکدم ین بُر بھد
یام ژہ ڈیشھو دوان۔ کیاہ یِکان چھا آغ چھُن؟

نوکر۔ ہے دہے کروُہ دُور آسی رُومہ نِش اَز شامنس

انٹونی۔ گرشھہ دوان واپس، دپس ییتہ کیاہ سپُد
ماتماہ بوڈ اَز چھُ رُومس، رُوم واراہ بیم ناک
اوکٹی وس سیندِہ خاطرے چھُنہ رُوم کانہہ محفوظ جاے
کر دُم، سور ے ونس، لیکن ہناٹھہراو کرہ

گژھہ ژۄ توٚ تام واپس، واتناوون جلسہ گاہس تام لاش
کرِ ہۄ تقریرس اندر اکھ کوٗشش، عام لُوکن ہنز دۄکھہ تراپاۓ پیتے
قاتِلن ہندِ ظُلم وجبرُک کیٚنژھہ سنا اثراہ پینیکھ
تمہِ مطابق ژۄ وَنکھ اوکٹی وَنس پاٗغام میون
دل سہ تامت اَکھ ظُلم ہوٚ تام ژۄ (سیزرنی لاش ہیٚنتھ نیران)

●

## دۄیُم نظارہ

(جلسہ گاہ - برُوٹس - کاسیس پتہٕ لگہ عر ساتھ چھُ اژان)

عوام۔ اُسی چھہ ہے تسکین ژھاران۔ اُسہ کرِو توٚہی مطمئن
برُوٹس۔ دوستو! دوستو! پتہٕ پتہٕ یکھِو میانین کتھن بیا کن ڈھوٗد
کاسییس! گژھ سہ پتیس کوچس گنتھ
لوٗکہ کھیٚنجہ کھنڈ ہن سہ پانس سیتیٚ ژۄ
تم یہن پتہٕ یے چھہ یم بوزُن یژھان تقریر میون
کاسیسٕن بوزُن یژھان یم چھو، گژھن تس سیتیٚ تم
اُسی وَنو توٚہہ عام پاٹھین سیزرنہِ موتُک سبب
اکھ شہری۔ ہے بو بوزے برُوٹسٕن تقریر پتھ

دوٗیِم ۔ ہے بوٗزے کاسرئیسُن، تو لوکھ اَسر دوٗ شوٗبے پتے

اَسرٕ وُچھو ہوٗن ہوٗن زٕ کھۄن تِم واٹھ رٕکیٛتھ

دِ کاسریَس چھُ نیران ۔ اُڈٕ شہرِ چھِ تس پتہٕ پکان

( بُرُوٹس چھُ سٹیجس کھسان )

ترٛیٚیِم شہری ۔ شانہٕ بوٗڈٕ بُرُوٹس سُید اِستادٕ خاموشی کرو

بُرُوٹس ۔ آخرس تام تُہیہِ تُہیہِ صبرٕ سان

رُومہٕ کیٛنہ، میانیو وطن دارَو، تہٕ دوستو

یِمہٕ ہٕ دلیل بٕ دِمہٕ ووٗہ، سہ بوٗزِو، بٔنیہ کرِو ژھوٚہ یہ، یُتھ زن بوٗزِتھ ہانکیو

میون یَزت وُچھت کرِو مِیانِس وَنِنس پٔژھ تہٕ بٔنیہ رٕچھو میون یَزت۔

یُتھ زَن توہہٕ تسکین بٔنیہ ۔ بٔنیہ عقلہٕ ہنزِ ژٕکرہ ییتھ توٚہ میون

وَنُن، مگر بٔنیہٕ احساس وُزناؤ یُتھ کھ یُتھ زن وارٕ پاٹھی تُو لِتھ ہیکو

اگر یتھ مجلسہ منز چھُ سیزرُن کانہہ ڈوٚٹھ یار تِمس چھُس بوٗ وَنان زِ

چانہٕ کھوتہٕ اوس نہٕ بُرُوٹسس سیزرُن محبت کینہہ کم آسان، اگر تِمہ پتہٕ

تہٕ شہ دوس مُنگ کرِ زِ تیٚلی کیازِ ووٚتھ بُرُوٹس سیزرس خلاف؟

تمتھ چھُ میون جواب یہ :- اوہ موکھ نہ کینہہ زِ میٚہ آس سیزرن

ماے کینہہ کم آسان، بلکہ اوہ موکھ زِ میٚہ اوس رُوم جادٕ ٹوٹھ ۔ کیٛاہ

کتھ چھُ توہہٕ جادٕ پسند، یہا زِ سیزر رٕگوژھہ زندٕ روزُن تہٕ سارِ

گژھ ھی غلام بنیتھ تمس برونہہ کنو مرنی. کن سیزرُ مرن تہ باقی روزو اسی آزاد؟

سیزرس اوس میون محبت، بو چھس تمی سندِ خاطرہ اوش ہاران۔ سو
اوس بڈِ خوش نصیب، بو چھس مبارک کران۔ سُہ اوس بہادر، بو چھس
یزت کران، مگر سُہ اوس طماع، میہ لوئس خنجر... تمی سندِ محبتہ ببہ چھُ
یکیاہ میون اوش، تمی سندِ خوش نصیبی خاطرہ چھہ میانی خوشی۔ بہادری
خاطرہ میون یزت تہ تمی سندِ طمعہ خاطرہ موت، یتہ کس چھہ رتھتھ
کمینہ یُس دپہ بو گژھس غلام آسن، اگر کانہہ چھوو، وونیہ بہ چھس تیلی مجرم
یتہ کس چھہ تیوٗت غار مہذب یُس وپنہ بو چھس نہ وُطن ملک؟ اگر کانہہ چھوو
وُنو تس نش چھس بہ تیلی مجرم، یتہ کس چھہ تیوٗت بد ذات، یُس نہ
پننس وطنس محبت کرہ؟ اگر کانہہ چھوو وُنو تس نش چھس بہ تیلی مجرم۔

بہ پرارہ تہندِس جوابس

سارِی۔ کانہہ نہ ہے برُوٹس۔ ہے کانہہ نہ

برُوٹس۔ تیلی چھس نہ بہ کانسہ ہُند مجرم

اگر بہ برُوٹس سیزرہ وُنتہ یکہ تمس سیتی تہ کرِو تو ہی سے سلُوک یُس میہ
سیزرس سیتی کور۔ تمی سندِ موتک وجوہات چھہ اسہ مجلسن منز لکھت
تھومتی۔ دیس خوبی تمس اُسی، سہ چھنہ اسہ کم کرمژ، ییم نو قص تمس
اسی، تمن چھنہ ہر ہر کورمت۔ یمہ کنہ تمس موتک پیالہ پیو چیون۔

(انٹونی تہٕ کینہہ ژٕنی چھہ سیزرنی لاش ہیتھ اژان)

ہو کیاہ پیٚیہ تمو سٕتۍ شُر لاش واتتھ - مارک انٹونی چھُس ودان وٕدان
بکہٕ ناوان - اٗمی سندس مارنس منز یُود نے کانہہ اکھ چھینہٕ اٗمی سُند
اٗمس تہٕ داتہٕ اٗمی سندہ مرنک فائدہ - حکیٖمت چلاونس منز رٹہٕ
ریتہٕ پننہٕ جاے - یتھ کنٕہ تہٕ مہ منز ہر کانہہ رٹہٕ - یی ونیتھ چھُس
بہٕ تہٕ مہ نش روخصت میٚدان ژہ یتھ پاٹھی میٚیہ پننس ٹاٹھس یارس
روٗمہ کہ جانژہ باپتھ ہٹس شراکھ داے - سو سے شراکھ گرٛشہ میٚیہ
گرٛشہ تہٕ آسہٕ، یلہٕ میانس وطنس میانہٕ موتک حاجت پیٚیہ -

ساٗری۔ زندہ باد تیٚلہٕ سون برُوٹس زندہ باد

اکم شہری۔ ہے جلوٗسس منز نموٗن گرہ تام اٗسہ

دوٗیم۔ ہے جبٚن سیتھن اسنٚدین تھاٗیو تہٕ اٗمی سُند پوتُل

ترٛییم۔ وٕنہ ژٕنی بنِن سیزر یوٚہ ہے

ژوٗریم۔ سیزرس یم اٗسی ساٗری رٚتی صفت، برُوٹسس یکجا تیمے پُھرٲوتو

اکم۔ ژٕرہ پٕھیس منز نعرہ دِی دِی گرہ گنتھ یکہٕ ناٗیی تون

برُوٹس۔ ہے وطن دارو

دوٗیم۔ خامُشی ہے خامُشی برُوٹس چھُہ کیاہ تام ونان

اکم۔ خاموش ہو،

بروٗٹس۔ ہے وطن دارو میٚہ کٗن زوٚن ترأۍ تو
میانہٕ سببہ انٹونی یُس نِش ہٹھرِو تو
سیزرنہٕ لاشے کرِو تعظیم تہٕ ہو
ادبہٕ سان بوٗزِو اُسند تقریر بی، سیزرنی سہ شانٕ شوکت کرِہ بیان
دِژ اَمِچ بیلہ گی اسے انٹونی یس
التجا چھوٗہ میون، یہٕ کانٛہہ نیرِہ گرِہ کٗن میٚہ ورأۍ
انٹونی یوٗتام موضوع کرِہ ختم (نیران چھہٕ)
اُکم شہری۔ ہے ہنا ہٹھرو۔ وُچھو کیاہ بولہِ انٹونی وٗنی کین
ژٔیم شہری۔ ہے سٹیجس پیٹھ دِیو تہٕ ہی کھسنہٕ تس۔ اُسہ اُسند بوزو، کھسہٕ انٹونی یو
انٹونی۔ بروٗٹسن دیت میٚہ اجازت۔ دِیتوو تہٕ ہہ تکلیف میٚہ
(سٹیجس پیٹھ کھسان)

ژوٗریم شہری۔ کیاہ سنا ہے چھہٕ وَنان یہ بروٗٹسن
ژٔیم۔ اُمی ہسہ وَوٚن 'بروٗٹسن پیٹھ گی دِژم' بی کوٗرن محسوس اسہٕ دیت اُگرا ذا!
ژوٗریم۔ ہے اُمس کیٛتہ جان کوتاہ اوس یہ، برخلافی یوٗد نہٕ کرِ ہے بروٗٹسنٕ
اُکم۔ ہے یہٕ سیزر اوس پُرزٕ کنہٕ ظالم اوس
ژٔیم۔ ہے اُہنہ پوٗز چھہٕ بلکُل، اُسی چھہٕ خوش قسمت زِ روٗمن لوٚب نجات
ژوٗریم۔ خاموشی۔ بوٗزو سہ ہے۔ کیاہ چھہٕ ونان

انٹونی ۔ دوستو! ہورُو مرکیو! میانِو وطن دارَو، بُکو
اکھ دماہ کنَ تھاٗوِو میانِین کتھن

چھُس بہٕ آمُت سیزرس گُڈ راوہ نے
نے زِہ اوٚرِ سببہٕ، تَس بہٕ کرِ تأریف ہا
مُرنہٕ پتہٕ انسانہٕ سٕنز بَدیاہ چھِ روزان پَتھ گُنتھ
خوٗبی یاہ وڈٕرنہٕ یوان سٕتی چھِ اَڈی جَن سٕتی تَس
سیزرس سٕتین سٕید نا یِی سلوٗک
شانہٕ بَڈی اٚمی بُروٗٹسن تِہ ہِہ ووَنوہ یِی
اوس سیزر بوٚڈ طماعی

آسِہ ہے یوٚد کتھ پَہَے، تیلہِ چھُو یہِ واراہ بوٚڈ قصوٗر
جان یا ٹھین سیزرس تولُن شہ بیٚو
ہیوت اجازَت بُروٗٹسس میٚہ، بی تِہندِین ساتھو مَن
باعزت بُروٗٹس چھُ واراہ، تِمم چھِ ساٗری باعزَت
چھُم کرُن تقریر سیزرنس جنازس پیٚٹھ پَتھ کینہہ
اوس میٚہ شہ یار جانی بی تہٕ جگرُک پارہ چا
چھِ مگر بُروٗٹس وَنان، اوس لالچی،
باعزت ہٕتو چھُ بُروٗٹس واریاہ

ٲسۍ واراہ قیدس اٰنۍ یتھ تمہٕ وقتہٕ پرجاوُ پیٹھے

پوشہ آزادی معہ گژھے دِتی یم تمو، عامہ چھے دولَتہٕ ہرُ پرسیدیونا

طمہ خوٗر سیزر اوسے کنہٕ اوسہٕ کیاہ؟

یمہ وِزہٕ کاٗ نسے غریبن کریکھ دِژ

سیزرس تمہِ ساتہٕ اوٚش دَدرایہٕ ووٚتھ

طمہ بوٚد تسَ آسہٕ ہے دِل آسہٕ ہَس نِل وُٹھ پلاہ

توتہٕ چھُ برٛوٹس وَنان، اوس طمہ خوٗر،

باعزت ہٲنیوٗ چھُ برٛوٹس واریاہ

سارۍ وۍ تۄہہ وُچھوہ ریٚلِ زَن اوس لوپرشلی عُرس

تاجِ شاہی میہ تھوو تس پیش کٔش ییلِ ترٛینہِ لٹے

تتھہ دِژو تمہٕ دول کتھ کنہٕ ترٛینہِ لٹے

وَنوہٕ اُتھی کیاہ طمہ اُسو

توتہٕ چھُ برٛوٹس وَنان اوس طمہ خوٗر

باعزت چھُ واریاہ پزی پأٹھی شُرٕ

کوٚرنہٕ میہ ثابت غلط، ووٚن نوٚ یہ کینژھاہ برٛوٹسن

چھُس وَنان تِ ییٚژ ہَن معلوم چھُم

ماسے اکہ وِزہ تۄہہ تہٕ برٛونٛہہ اُس وأس

تیٚمبہٕ رۆس ما اُس سۅ مایاہ تھٕنٛز
کُس سبب تیٚلہِ چھُوہٕ رُکاوان ماتماہ کرنس قسٚند ؟
ہائے انصافو ! رٕمت چھُک وحشیوٚ اَسہٕ نِش مہٕت
چھہٕ گمُژ نابُود انسانَن عقل

دٕمہٕ نی کرِوٚ میٚہ سیٚتہٕ اکھ رُژھ توٚہی صبر
میون دِل چھُ سیزرس سیتی ہعہ تیٚن کفنس دُلیتھ
دٕمہٕ نی یٚزہِم ٹھہرُن ، میٚہ یُتھ ییہٕ ہوش پانس برقرار

اُکم شہرُی ۔ چھُس بوٚسوٚنجان چھہٕ صداقت اُمی سندِس ورنس اندر
دوٚیم شہرُی ۔ یوٚد صداقت ژٕہ وُچھک ، سیزرس تیٚہ ظلمک شکار
ژٕیم ۔ ہے یِہ چھایوٚز ۔ خوف چھُم تمِسٕہ جایہِ پیٚیہِ نسندہٕ کھہٕ تہِ نالائق منوتّس ؟
ژوٚریُم ۔ ہے اسِندی الفاظ تھٕوُوا یاد تٕہ ہِہ ؟ گۆرِسہٕ تمہِ تاجیٚ قبول
تیٚلہٕ چھہٕ یُنہٕ کٕہتھ ییٚہ ۔ شٕہ ما اوس لالچی ؟

اُکم ۔ اَسہٕ یوٚد ووٚسے کٕہتھ ییٚہے ، تَس پیٚنیہٕ یِہ سودا دٕروگ سیٚٹھاہ
دوٚیم ۔ ہے وُچھو بے چارہ ! ووٚدی ووٚدی کر چھُس بنیٚمژ وۅزج اَچھ
ژٕیم ۔ چھُم یقین انٹونی ییٚس بوٚڑ چھُنہٕ کانٛہہ رۆمس اندر
ژوٚریُم ۔ ہے وُچھیہٕ دُوبارہ اُمی بولُن ہیٚوتُن
انٹونی ۔ سیزرُنی کٕتھ راتھ تامتھ اُس حکماہ دُنیاہس پیٚٹھ وُنی کیٚن چھُ پیوٚ مُت ہٕتیٚن

مُذکرٕ مَنٛنو تام کانٛہہ چھُس ما پَزٕھان ؟

دوستو یوٚدوے آسہٕ ہم میٚیہ یِی غرض

دِل تھٕہندی وُزہ نادکھ، یُتھ زَن بغاوت سَپدِہ ہے

بُروٹھس بیٚیہ کأسو یُس زَکھ واتہٕ ہے

چھےٚ پتاہ سأری چھہِ تِم کیتھو بایزت

وأتی تِن پانس میٚیہ زَکھ یا سیٚزرس باتہٕ تو ہے

گِژھِ نہٕ واتُن کانٛہہ تہٕ زکھ لیکن، یِتھین بایزتن

ہے پیٚہ کیاہ چھُوہ کاغدا یکتھ بیچھ ماہر چھوہ سیٚزرنی

پَرنہٕ کُنٛھ مُتٕزے تُہنٛدم پیٚہ تِمٕ پسندے

چھُو وصیت نامہٕ تِمٕ سُند دوستو

عام لُکھ سأری وصیت نامہ تِمٕ سُند یوٚد پَرَن

چھُم نہٕ لیکن میٚیہ پَرُن مأنی دِیُوم

تِم وَدن تہٕ سیٚزرس زَخمن کرنی ہیٚن [illegible] تِم

تہٕ کَرن رُو مالہٕ پننہٕ نے پاک خوٗنس مَنز اَتی

بی اُسند موے مُقدس یادگاراہ تِم تھوَن

مرنہٕ وِزہ آسِن وصیت تِم کران

قیمتی چیزاہ مُقدس موے چھُم

ہے شُرِ ہو! یمتھ نو یہ توٚہی گژھ مژہ گڈیوٚن

ڈوریُم شہری۔ اُسہِ وصیت نامہ بوزو، زِہ پرُن ہے انٹونی

سالٹی۔ ہے وصیت، ہے وصیت، سیزرٕنی بوزو وصیت اُسی ضرور

انٹونی۔ ہے رتیو یارو، قرار ہ توٚہی کرِو، یژہ نہ میہ تمی شر وصیت نامہ پرنی

اوس کو تاہ سیزرس لولہ تھہند، بے خبر آسُن تھہند تمہ نش چھُ جان

توٚہی تہ ہے انسان چھوہ نا، کُنہ کٔنہ چھوہ ماسہ توٚہی

یوٚد وصیت نامہ بوٗزِو سیزرُن

نار دزہ آمہ ہیتھ تمہ ہہ مژ، بی تہ زٔن پاگل گژھو

جان چھُنہ زانُن تمہ ہے کیتھ ہی زہ وارث چھِہ تسیندی

توٚہی اگر بوزِو یہ سوڑے، چھا خبر کیاہ آسہ حال

ڈوریُم شہری۔ پرِ سہ ہے پرِسہ وصیت انٹونی

اُسی پرٕتھان بوزنی وصیت سیزرٕنی

انٹونی۔ توٚہی ہنا کریو تہ صبر ہے اکھ ذرا توٚہی ٹھہریو تو

اکھ متعلق تمہ ہہ وُنتھ موضوع نشے بہ دُور پیوس

خدشہ چھُم، ذکر گوو آنُوم با عزت لُکن، تمن

ہے یمو زٔن ودی خنجر سیزرس۔ چھُم تہندے خدشہ میہ

ڈوریُم شہری۔ با عزت لُکھ! زِم چھہ بڈی غدار ووٹی

سائری۔ چھ وصیت نامہ اَسی بوزُن یژھان

دوٚیم۔ اَسی بُڈی غدّار بٔنِیہ قاتل ہیمے، چھ وصیت نامہ اَسی بوزُن یژھان۔

انٹونی۔ توٚہی وصیت نامہ پرنس پیٹھ کران مجبوٗر چھیو

لاشہ اَندی اَندی بناوِو آرِہ تیلہٕ

سُہ شخص ہاوَن توٚہ ہے، یُمی سُند وصیت نامہ چھُ

ہے میٚہ بٔون وسنک اجازت چھا سہٕ دِہ نی؟

سائری۔ ہے ژِہ وَس سا

دوٚیم۔ ہے وَسِو حصٕ

ترییم۔ چھے اجازت پوٗرہ پأٹھی (سُہ چھُ بٔون وسان)

ژوٗریم۔ ہے بناوِو آرِہ۔ اَندی اَندی رُوزی توٚ

اَکم۔ لوٚب پَتھ توٚ یہ تِہ نِش۔ رِبی لوٚب پتھ ہے لاشہ نِش

دوٚیم۔ جاے تراوِو انٹونی یس، شانہ بوٚڈ سون انٹونی

انٹونی۔ چار میٚہ مَتہ کھأری تو، توٚہی لوٚب پتھ سپدِو کھڑا

شہری۔ جاے تراوِو، پتھ پتھ ہے پتھ پتھ

انٹونی۔ ہے اگر اوٚش چھُو اَچھن منز، تراوِو نیج سکھراہ کرِو

ہے یہ چیہ غہ تعدہ سارنی معلوٗم چھُ

یاد چھُم ییلہ سیزرن گوڈ نیتھ یہ لاچہ وارہ پأٹھی

اوس سونتک شام سہٕ، ییلہ اوس نیمیس منز بیہتھ

اوسی تمہٕ دہ ہہر زیوٗنمُت تمۍ ناروٗ[1]

اَتھی وُچھو یتہٕ نس چھُ خنجر کاسی یسین تورمُت اَمس

کاسکاہن کیٚتھ زخم دیتمُت یمیٚتین ؟

یارِ جانۍ برُوٹس خنجر یہ کیاہ چھُس تورمُت

یام تمۍ ناکارہ خنجر چھُ پنُن کوڈمُت نیبر

سیزرنۍ خوٗن چھُ کوٚلہِ ہندۍ پاٹھۍ بجھ دیتمت اُتی

زن دِ چھُین آسہ ہس پرزی پاٹھۍ برُوٹس چھا یوٚہے

بے رحم پاٹھین اَمی لو یا خنجر ؟

چھُپوٚ ہ پتاہ تہٕ ؟ سیزرس نِش ادس برُوٹس اکھ ملھ

دیوتاہن تہٕ ہی کرِ انصاف اَز

ادس کرناہ توٗ ٹھ برُوٹس، سیزرس

سارۍ دِیہ مُنزِ جادہ تمۍ تُند دراد خنجر بے رحم

شانہ بڈ ہرِ تمۍ سیزرن یُکو وُچھ تُند خنجر چلان

گونہ کانہہ دُکھ تس نہٕ غدّارو تمُس لایکھ خنجر

دوستن ہُنزہ سنگ دِلی ستین دِلس تس چیٚرہ گو

یوس یہ ژادر چھُس تُھس یکدم وزن

---

[1] پلوٗ ٹارچ چھُ پننہِ Lives منز لیکھان زہ سیزرن چھُ ۲۳ قم منز نارہ زیوٗنمُت ۔

پامپائی سٕندِیٚس، پتہٕ تٕل چھُس، یوٚس کھۄرن تَل کُنہِ تمیٚتی
یمیٚتۍ سیٚی کالسٕ پٕکُس رتہ زوٗ دِ ترٕ،

ہے وطن دارو تُسند پیٚون مانہٕ تھاوان اوس یی
توٚہۍ ترٕ بو بیٚییہِ تمتی، ترٕ بیٚییہِ پے باگرٕ سائنی
کھتِ نکھس اَسہِ سارۍ زنی خوٗنہٕ ہٕی سمیٚتہ
ہے وِدِو وۄدنی توٚہۍ، میٚیہ چھُم احساس یی
چھُہ تہٕ ہے افسوس، چھِہ اَشو فہری مُقدس منزٕ اَچھن
نرم دِل چھِوہ کیٚتی؟ اَکھ بیچاڑ چھِو دوان
وِ چھِوہ ژادر سیزرنی زخمی گمژ
توٚہۍ وُچھِو کُن یہ چھُہ سیزر رتھہٕ
ڈول ڈالی ڈاجرٕ چھِس خوٗنہٕ بو

اَکِم شہری۔ اوہ! چھِہ کیٚتھہ غمناک نظارہ وُچھان
دوٚیِم شہری۔ ہائے سیزر! شانہ بوڈ
ترٮ۪یِم۔ ہے چھِہ کیٚتھہ غمگین دوہ؟
ژوٗرِم۔ ہائے تِم غدار، تِم بدماش تِم

---

لہ پامپائی (۱۰۶-۴۸ ق م)، روٗمُک بادشاہ۔ سیزرن چھُس ۴۸ ق م منزٕ شکس دِتھ مورُمُت۔

اَکم۔ ہے وُچھ کیتھ خوژلہ نظارہ اَز

دوٚیم۔ اَسہِ ہیمو نیکن اَمیک بدلاہ ضرور

ساٚری۔ بدلہ، ہے نیرِوسہ، ژھاروکھ، نار ہے، زالوکھ ہے
گژھہ نہ کانہہ غدار روزُن زندہ اَز

انٹونی۔ ہے وطن دارو ہنا اکھ ٹھہرِو تو

اکم۔ ہے بہو خاموش۔ بوزو انٹونی چھُ کیاہ وَنان

دوٚیم۔ اَسہِ ہسہ بوزو اَشند پتہٕ پتہٕ پکوس ۔ اَسہِ اَمس سیتی مرد

انٹونی۔ ہے رٕتھو یارو، نرم دِل دوستو
ہنگہ نہٕ منگ ناراہ بوو ژہ ہند تُلُن چھُنہٕ جان کینہہ
تِہم، یِہمو یِژھ حرکتاہ کرٕ، تِہم چھِہ واراہ بایزت
چھُم نہ کینہہ معلوم، ذاتی کینہہ کیاہ اوسکھ تسند ر؟
تِہم چھِہ دانا، بایزت، مےٚ چھُم یقین
دِلن جراباہ تہم امیک نے پتہٕ لبو تسکین تو ہیہ
چھُم نہ مطلب مے دِلن اثراہ کرن تو ہہ ناسحقے
بُروٹسس ہیو چھُم نہ تقریراہ تگان کینہہ مے کرن
چھُوو پتاہ توہہ ساری ہنی، سیٚود سادہ اکھ مُہنو بہ چھُس
یُس چھُ ہنہِ نین دوستن محبت کران

رِتھم تہٕ میے زانَن پیٚٹھے کُنہٕ پوٗرٕ پاٹھۍ

بولہٕ ننیچ آزادی یاہ دِژ ہم ، ہیمُو عامس اندر

چھُم نہٕ تیٚیتھ ذہنی، نہٕ تیٚتھی الفاظنے کانٛہہ خوٗبی یاہ

چھُم نہٕ تِژھ عملاہ ، نہٕ گُفتاراہ نہٕ تقریرِک قوٗت

یُتھ مُمکن انہٕ ہا بو گرہ یِکھ خوٗنس یِتے

سوچنے کرنٕۍ مییہ ووٚنموٚ تی ، یہِ چھُو پانس پتاہ

خوٚش خلق یُس اوس سیزر ہائے موٚتمی سِندی زخم

ہا ے کم زیوٕ روٗس زخم !

یُتھ زہٕ بولَن میانہ کنہٕ ووٗنی کین رتھمے

آسہٕ ہا یوٚدوے بو بُروٗٹس، آسہٕ ہا سہٕ انوٗٹنی

آسہٕ ہا دیِتمُت مییہ جذباتَن ووٚتُش

بیٚییہ زبان دِمہ ہا بو زخمَن سیزرَس

یُتھ کنِہن تام رُومہ پیٚٹھ کرہٕ ہیٚن بغاوژ مہ کھ تیار

شہری۔ اَسہٕ بغاوت چھہٕ کرٕنۍ

اکم شہری۔ نار دِیِن از اَسہٕ چھہٕ بُروٗٹس نِس گرِیس

تریٚیم۔ ہے یِکوہٕ ژھاروک سازِش باز اُسی

انوٗٹنی۔ ہے وطن دارو ہنا اکھ ٹھہری تو، بوٗزی تو تقریر میون

شہری۔ خامشی ہے بوزِو تو انٹونی یِن، ساری وہی نِش شانہ بوڈ سون انٹونی

انٹونی۔ دوستو چھوہ تِی کران، یِنہ چھو پتاہ کیاہ چھہ کرون
اُس کِتھہ کُنہ سیزرس مایا تھٲونہٕ
ہائے افسوس چھُوہ نہ تُہہ معلوم تی
تِلہ بوٗ ونہوہ۔ سُگے وۄ مشتقی تُہہ وصیت سیزرنی
یتھ متعلق گوڈ ننیتھے تُہہ میہ وَنیاو

شہری۔ ہے بجا، بلکل بجا، بوزو وصیت سیزرنی

انٹونی۔ چھُو ینکیاہ تُمہِ سِنہٕ وصیت۔ سیزرنی معہ ہراہ کُمہِ تھ
سَت سَتت ڈراچم[1] چھہ بخشاں روم کِس ہر شہری یس

دوئیم۔ شانہ بوڈ سیزر! ہمہٕ اُسہ بدلہٕ تِیہ موتک ضرور

ترییم۔ سیزر رو اَکھہ خاَر خاہ و سکھ ژہ سون

انٹونی۔ صبر سان توٚہی بوزِو تو تقریر میون

شہری۔ ہو خاموش

انٹونی۔ تِفرِ چکھ ماداں پنہٕ یارو چھنو تُہہ بخشمتہ
چوکہ ذاتی، باغ چھس ٹابرِ بیھٹِن پیٹہ یم پنہٕ۔ ساری چھنو تُہہ بخشمتہ

---

[1] ڈراچم۔ یونانک اکھ پوٗن سِکہ

بی ہمیشہ خاطرے تمہٕ دِتی تھٕہندِین وارِی شن

یُتھ وِ تِھ آزاد یاہ ہیتھ، توٚہی ژٕنِو، خوشیاہ کرِو

ادس سیپز رٕٹِتھ، پیا زاہ بہ پاکھ تیٚتھ؟

اَکمِ شہری - زاہ نہٕ ہے زاہ نہٕ، نیرِو، وٕلِو

پاکہ جاے بیٹھ دٕن اسی ناوُن تمہٕ سنٕز لاش تیٚلو

اَسی تمۍ ناراہ تیٚتی، زالو غدارن ہندی گرٕ

ہے پکو سہ، لاش پکناوون وونی

دوٚیِم - ہے گژھو ناراہ انو

تریِم - ہے ژھنو سہ بنچ فُسٹراو لِتھ یتے

ژوٚریِم - دارہ، بر، یُس چیز ڈیشو، فالہ وِ (شہری چھِ لاش ہیتھ نیران)

انٹونی - ونی ووچھو کیاہ پیدِہ - چھک آزاد ژٕہ ونی اے بدی

حرکتاہ یوس خوشی کری پانس، سہ کر (اکھ نوکر چھُ اژان)

کُس سہ چھُک؟ کیا سا گژھی؟

نوکر - اوکٹیوس رومس اندر آمُت جناب

انٹونی - سُہ کتیٚ چھُ؟

نوکر - سہ تہٕ لوٚپی ڈیس چھِ سیزرنِہ گرٕ

انٹونی - نیرہ تیلہ بہ توٚرِی گُن، بسکھو تمن - میانہ مرضی بیٹھ سہ بل گو آو یُت

اسہ چھُ قسمت پریزلہ دُن وُنی کین سہ ہٹاہ
اُسی یہِ ژھارو وُنی کینس تہٕ سوزہٕ سہٕ اکھ ژرابہٕ منز

نوکر۔ ہے تِہمَ نِش بوزِ میے، بُروٹس تہٕ کاشِیس پیپھٹ گرُین
رُومہ کیو دروازہٕ وہی کنہ اُسہ زٕن پاگل ژلان

انتونی۔ ہے مُکن ہنز نہیج شاید آسہ وٕونی وُچھمژ تمو۔ بی منیہ کتھ کنہ ہش دیکھدار
وَل سَہ ژہٕ اوکٹی وَسس نِش واتناوُم وُنی کینس (نیران)

●

## ترییُم نظارہ

رُوم ـــــــ اکھ گلی (سِنا اکھ شاعر چھُ اژان)

سِنا۔ بیزرس سیتہٕ از کھیہان دعوت، وُچھم اکھ خاب میہ
حائم تو فکرِ ولیکن میون سہ نوژک خیال
اُمس مارضی میہ دروازے نیبر نشاوُن قدم
تو یہِ گستاں چیز چھُم برونہہ کُن لمان (شہری چھ اژان)

اکم شہری۔ ژیہ کیہو چھے ناو ؟
دوئیم۔ کوَ تو چھک گژھان ؟
ترییم۔ کیتیو چھک روزان ؟

ژۆرِیُم۔ وۄنِو چھِکا کِنہِ انہورِ ے؟

دۆیِمیُم۔ سۄیدٕرٕ سیٚود دِہ ہرکانٔسہِ جواب!

اَکھ۔ اوٚہ، بی ژھوٚنٛڈی پاٹھی

ژۆرِیُم۔ اوٚہ، بی دانائی سان

ترٛیِیُم۔ اوٚہ، پٔزرِ کِنہٕ چھُ چانہِ خاطرٕ تی جان

سِتا۔ میٚہ کیاہ چھُ ناو؟ بہٕ کوٚنٛت چھُس گرٛۄھان۔ بہٕ کتہِ چھُس روزان؟ وۄنِو چھِسا کِنہٕ انہورِ ے، بی ہرکانٔسہِ جواب دِیُن سۄیدٕرٕ سیٚود، ژھوٚنٛڈی پاٹھی، دانائی تہٕ پٔزرٕ سان — دانائی سان چھُسو وَنان زِہ بہٕ چھُس انہورِی۔

دۆیِمیُم۔ گوہ چھوٚن مطلب چھُ یہِ زِہ یِم خاندر چھِ کران، تِم اِچھِ احمق آسان۔ خدشہ چھُم اَکھ جوابس بیٚہڈ ما بیٚیی ژٕیہٕ میانہٕ دٕسرِ مار اَدٕرٕ سہ یکھ سۄیدٕرٕ سیٚود برونٛہہ کُن

سِتا۔ سۄیدٕرٕ سیٚود چھُس بہٕ سۄپز رِنس جنازس کُن پکان۔

اَکھ۔ دوس بنِتھ، کِن دُشمن

سِتا۔ دوس بنِتھ

دۆیِمیُم۔ اَکھ کتھ دِتھُم سۄیدٕ ے جواب

ژۆرِیُم۔ کتہِ چھِکھ روزان؟ ژھوٚنٛڈی پاٹھی وَن

سِنا۔ ژھوٚڈ پائٹھ چھُس بہٕ محلن نِش روزان

ژیٖمیُم۔ جناب تِہُند ناو ۔ پزرٕ سان

سِناؔ۔ پزرٕ سان چھُ میون ناو سِناؔ

اکم۔ ژھینیُوس سا فِتنہٕ کرٕتھ ۔ یہٕ چھُ سازِش باز

سِنا۔ بہٕ چھُس سِناؔ شاعر ۔ بہٕ چھُس شاعر سِناؔ

ژوٗرِیُم۔ اُمی سِندِ پوٚ خراب ہاٗتو سببہٕ کریُوس فِتنہٕ۔ وَللہ ہاٗتو سببہٕ کریُوس فِتنہٕ۔

سِناؔ۔ بہٕ چھُس نہٕ سِناؔ سازِش باز

ژوٗرِیُم۔ سہ چھیٚنہٕ کینہہ ۔ اُمی سُند ناو چھُ سِنا

ژھینہٕ اُمی سُند ناو اُمی سُنٛزٕ دوان چہ مزٕ ہیبر کڈتھ ۔ ژھینیوُن ختم کرِتھ۔

ژیٖمیُم۔ کریُوس فِتنہٕ۔ ہے فِتنہٕ کریُوس

نیرو ۔ درزٕ نیرٕ زِنٛی ہرٕ ۔ ہے تکُونار ۔ زِنٛی ہرٕ

بروٗٹسن کُن ۔ بتیہ کاسی یس کُن

زالیُوک سارِی ۔ کینہہ نیرو ڈشی یس کُن

کینہہ کاسکا سُند کُن ۔ اُڈی لگارِی یس نِس گرٕس کُن

ہے نیرو ۔ دَلِو (نیران چھِ)

# ژۆرِیُم انگ

## اَکُم نظارہ - روٚمہ (انٹونی سندِ مکانک اکھ کمرہ)

(انٹونی، اوکٹی وس تہٕ لوپی ڈیس چھہ اَکِس میزس اَندٕ اَندٕ بیہت)

انٹونی۔ گوٚ زِہ بہٕ اَسہ ییتھ زٕنہ مارِتھ ژھنِتھ

آرہ لوٚگ ناوَن پیہند بہٕ وٕنی کیٚنس

اوکٹی وس۔ ہے ییٚمی بأپس تہٕ چاۓنس ووٚنی مرٕن

کیاہ چھہ مرضی چأنی ہے لوپی ڈیس؟

لوٚپی ڈیس۔ چھُس بہ راضی اَتھ پیٹھ

اوکٹی وس۔ انٹونی لیکھ سہ تَسُند تیٚلی ناو ژہ

لوپی ڈیس۔ اکھ شرط چھم! گژھہ نہٕ روزُن زندہ تیلہ

چون بہ پھتر پوٚبلیس ہے انٹونی

انٹونی۔ جان گو، ہے گژھہ نہٕ روزُن زندہ سہ

وُچھ سہ پانے آرہ لأگِت مور مے

ہو لوپی ڈیس، سیزُن گرِہ گژھ سہ فورَن وُنی کیٚنس

---

لہ لوپی ڈیس تُند بوی پاولس رلیوسیز رہٕ مرنہ پتہٕ بروٹس نہٕ پارٹی سینٹ لیپی ڈیس چھہ تسند بس مارنس پیٹھ خوش۔ مگر سہ چھہ روٚمہ منزہ ژلنس منز کامیاب سپدان۔

ان وصیت نامہ تمہِ سُند پورہ ژرہ

اُسہ دُچھ تورکُن اندر کیتھ پاٹھو اُسو کمہٕ یاہ کرِو

وِپی ڈیس۔ کیا بوٗ فیرِتھ یتِنی سمکھا تہ ہے؟

اوکٹیوس۔ پیترنس یا محلنانس پیپھ وُچھک (وِپی ڈیس نیران)

انٹونی۔ ہے یہ چھُ ناکارہ، نالائق منوٗش

بارِ خرِ سُند کیاٗ پاٹھو نژہ ہا اورہ یور

ما چھُ اتھ لایق زِ ژٔہ حصہ نیہِ پننی

سلطنت یوس بانگراووٗ، ترین حصن منز پانہ واٗنی؟

اوکٹیوس۔ چون فرماوُن بجا۔ لیکن ژٔ یہ وُنی

رائے ہیٛرِش تھٔس مارہ ہون کس کس سنا

بیتھ فرستس ناو تمیٔ سُند آرہ ہون

انٹونی۔ اوکٹیوس! بیچھم چانہ کھوتہ دوہ میہ وُچھمیتو وارِیاہ

یوز چھُ، وُنی کین اُسہ اُمس یزت کران چھ وارِیاہ

یُتھ بیکہ اُسہ واریاہ ہو تہ ہتو ترشس وُنی کینس

یمہ یزت تس چھِ تِتھی، زَن چھُ خرس بیپھِہ سون لدِتھ

چھُ تمیٔ آسان بوُرس تل کھمن

چھُ تمس تیتھ کنہ یکن، یتہ پاٹھی پکناوون اُسہ

واتنوون منزلس تامت خزانہ سونی یلہ
بور پتہ والوہن پپن تے کھر یکھ کروس
بور بیدان وولس، کرن تاساہ کنن
گو خرن سیتی گاسہ ٹکرنے ہاورکن
اوکٹی وس، کرسہ تہی آسی یہ کینژ ھاہ ژیے خشی
توتہ تجربہ کار بنیہ بہودر سپاہ بیشک شہ چھم
انٹونی۔ میون گر چھ ناتیتھے، اوکٹی وسو
چھس توے سببہ دانہ تھاوان ہیش کشس تس داریاہ
جانور چھ شہ، ہیچھناوان چھس جنگاہ کرن
پتھ پکن، ٹھہرن، دون تے سیود پکن
میانہ مرضی ہیتھ پوان حرکت کرنی جسمس تمس
کنہ حدس تامت لپی ڈیس چھ تتھے
شہ چھ ہیچھناون پوان بروٹھہ کن پکن
کند ذہن شخصاہ چھ، بنیہ داراہ رذیل
چھ کمیناہ شہ، نقل کرہ ہے تمن نخرن ڈہے
چھ لکو آسان ییم ترا ہتھ کرتھ
کرہ تم مستر کہتھ، شہ چھ ہتھ یار سون

اوکٹی وس! دلہ اہم کتھ باقھ کرو

فوج سۄمبراوان چھ بروٚنس تہٕ کامیسیس واریاہ

اَسہِ تہٕ پیٚزہ نیرُن تِمن فورَن پتے

اَسہِ تہٕ سۄمبراوِنی پَزَن وۄنی دوس تے بی اُشناو

یار تے غم خار ژھارِنی وۄنی پَزَن

سارِی وۄنی نِش جان وَتہٕ ژھارَو، پکو

یانہٕ وۄنی سمکھت کرو اَسی مشوراہ

یِی زہٕ کتھ کُنہٕ راز سَپدَن فاش اَسہِ نِش یوٚرہ یاٗٹھو

اَسی کمَن خطرن تھوو جیس، کُس جاباہ اَسی دِموکھ؟

اوکٹی وس۔ ہے آہستہ تِی کرو، وۄنی کین چھ خطرن منٛز وۄلتھ

دُشمن ہندِس کھیلس منٛز اَسی چھ ہایتھ ہی وۄنی کین

خدشہ چھُم، یِم دوس اشناہ چھ کران اَسہِ کُن وۄنی کین

چھ دِلَن منٛز ساسہ بزہٕ کھوٚنہٕ فیتیچہ سوچان اَسہِ خلاف

(نیران چھ)

# دوٚیِم نظارٕہ

( سارڈِس نزدیک برُوٹس سِندِس خیمس برُونٹھ کنہٕ

ڈول ؛ برُوٹس، لُوسی لی یَس، لوسِی یَس تہٕ سِپاہ چھہٕ اڈان

ٹِٹنِس تہٕ پِنڈاریس چھِک سمکھان )

برُوٹس ۔ ٹھہرو، ہے !

لوسی لی یس ۔ حکم کرو، ٹھہرو ہے

برُوٹس ۔ کیا چھُکا لُوسی لی یس ؟ کاسی یَس چھاسن پکان ؟

لُوسی لی یس ۔ ہے سو نزدیکی چھُہ، پِنڈاریس تہٕ ووت

آغہٕ سِندِہ طرفٕ سلاماہ کرنہٕ آمُت توٚہہٕ نِشے

برُوٹس ۔ آو یُوت بِلکُل مُناسِب وقتس

ہے پِنڈاریَس چھُم شکایت اَز میٚہ چیاِنس آغہٕ سُنز

حرکتاہ کرٕ ہرٕ تہٕ ناشان چھَن

یا نہٕ بدلیومُت سُہ چھا ؟ یا افسرن ہُند کار چھا ؟

خارٕ یانٕے وانہٕ جلدیٕ، بوزہ ہیمس سادٕرس جواب

پِنڈاریس ۔ چھُم نہٕ شک اتھ منز، مگر میون آغہٕ آسیوہ بی تہٕقدُر

یرأنی یا اُٹھِس کارٕ نمراوٕقہ، تہٕ وادہ باادب

---

۱ سارڈِس ۔ ایڈیا ہنٛع یرأنی رازدٕ دأنی

بروٹس ۔ اَکھ متعلق چھُم بہٕ شک تمہٕ سُند کینٛہہ
اَکھ کتھاہ یوکن وَنے لوسی لی یس
کینٛژھہ سنا خاطرٕ کوٚرُے تمی ؟ وَنتہٕ تی میہ پوٚرہ پایہٕ ٹھو
لوسی لی یس ۔ ہے سیٹھاہ ادب بہٕ خوش اخلاقہٕ سان
پرٛون ہہٕ یارانہ لیکن وچھنہٕ میہ
پرانی ہش آزاد کتھ باتھاہ تہٕ یاراناہ نہ کینٛہہ
بروٹس ۔ ژیٚہ یہ کینژھاہ بوٛزتھم ، توٚرٕ فکرہٕ میہ
یارٕ جاگنی اوس وونی دوٚرن ہیوتُن
ہے لوسی لی یس ہمیشے یاد تھاو
یُلہ محبت چھہٕ ژھمان تہ بی ہمہ ژان
جبرٕ سان ہاوان چھہٕ ظاہر داری یاہ
ژھل چھُہ آسان سیوٚد سادٕ ے خلوص مٔنز ژھینہ کنہٕ
تیز آسان گرٕ سندی پاٹھین ژھری انسان چھہ
یام اَکھ لوٚگنچھ کران ظاہر ہوٚد دُوری بٹنہٕ
بی دیان ہے اَیہ چھُہ رفتاراہ سیٹھاہ ،
سیٚنہ پٔہن وونہٕ کھوٚر ریاضت وُچھہ تمو۔
بارِ گرٕ دسند کر پاٹھی کلہ ژروٚو کھہ پتھر

لٔٹ تہٕ ژوٗ مرادان چھِ تَمہ

ہے تہٕنز شکر تہٕ چھایہِ کٔن پکان؟

لوسی لی یس۔ سارڈِسس منز تیٚمن واتُن چھُ از راتس اندر

کاسیٚیس سیتیٖن پکان لیکن چھ داراہ گرٕی سوار (شور چھُ وتھان)

بروٹس۔ ہے ژہ بیہہ خاموش، پیٚیہِ واٚ ٔ تحقہ سٕہ یوٚت

دارہ دارے نیرِ سٕہ یہِ کٔن اَنِگ (کاسیس تٕہٕ سُند فوج چھُ اژان)

کاسیس۔ ٹھہرِ ہے

بروٹس۔ ٹھہرِ ہے، حکم پکناو برونٔہہ کُن

اُکم سپاہ۔ ٹھہرِ ہے

دوٚیُم۔ ٹھہرِ ہے

ترٚییُم سپاہ۔ ٹھہرِ ہے

کاسیس۔ شاہنہ بڈِہ ہے بایہِ میانے ظُلم کوٚرتھَم تہٕ سیٹھاہ

بروٹس۔ دیوتاہو توہیہ کرِو انصاف از

دُشمنس وتا ظُلم ژاہ میانہِ دُسی

کِتھ کنیچھ کرہ ہا ظُلم بائیس بوتِہلو!

کاسیس۔ بروٹسو غمگین صوٗرت چھم وَنان

چھی دِلس منز ظُلم تہٕ داراہ کھٹِت

بی ژہ تہٕ وِزہ چھک کران .....

ٹرٗوئلس۔ کٲسی ییو خاموش تامت روزُن

یوٗس شکایت چھے کرنی، لوٗتی پأٹھۍ کر

چأنی خصلت وارہٕ چھم معلوم میٚہ

ہے مگر ژٕ دِہ ہوٚنہ فوجس ٹرٗوئلسٕ کنہٕ

گژھو تیٚیے زانہٕ زہ محبت چھک سیٹھاہ

وَن ییٚمَن، نیرن اڈ کُھتہٕ کرُن، ییم ہنا

کٲسی ییو یتہٕ کر شکایت پوٗرہ پأٹھۍ خیمس اندر

روزہٕ کن دارِتھ ژیٚہ کرُن بُتہٕ توٗہ پتے

کرٗیسیڈا۔ ہے پنڈارس! افسرن وَن فوجین نن ہوٚرکنُ

اکھ ذرا ہاکانہٕ زنش دوٗر رہی پہن

ٹرٗوئلس۔ ہے لوٗسی لی یس! یتھے کنٕز کرژہٕ تے

یاد تھوٚو یتہٕ کانہہ ترٕ ییٚہ خیمس اندر

سأنی کتھ باتھاہ یوٚتامت موٚکلہٕ نے

وَن لوٗسی ییس ٹٹنس، تہٕم راتچھ روزُن ییتہٕ نس (نیران چھہ)

# ترییُم نظارٕ

(بروٗٹس نِس خیمس منز - بروٗٹس تہٕ کاسیس چھ اژان)

کاسیس - ہے ژیٚ نا انصافی یاہ کٔرتھم، میٚ پیٚتھ کٔنہٕ فکرٕ توٚر

لوٗسی یس پلّا کوٚرُتھ ژیٚ خار، بِ دِتھکس سزا

یی زِہ تمہ رشوت سٕتی سارڈیس منز کٔرِن

یوٚد میٚ وارہ خط لیچھی اوٚہ مے کھے بوزانہٕ ہِن

توتہٕ اٚتھ کُن ژیٚ کوٚرُتھ ہا کانہہٕ خیال

بروٗٹس - یام ژیٚ پژھ کتھ لیچھت، پانس کوٚرُتھ پانے ظُلم

کاسیس - یتھ پیٚتس ہنگامی وقتس منز یہٕ ماچھ بان کینہہ

پوٗرٕ پاٹھین کتھ کٔرِن، لوکچین کتھن منز دار یاہ

بروٗٹس - کاسیو کن تھاو، تٔلی اکھ کتھ وَنے

پانہٕ تے چھُت بوٚڈ جُرم کوٚرمُت، ژٕ چھکھ رشوت ہیوان

چھکھ کٔنان، سود اکراف عہدن پیٚتے

عہدہ نا اہلن کٔنان چھکھ، پوٚنسہ چھی ہٕک گوٚڈہ ہیوان

کاسیس - کیاہ! بہٕ چھُس رشوت ہیوان ؟

ہے چھکھ بروٗٹس وَنان پژھ کتھ میٚ کُن

اَسہِ ہِکھ یوٚد غارٕ کانٛژ ہاہ، با خدا بہٕ مارہٕ ہِتھ

**بُروٗٹس۔** کاسیس ناوٕ ری چھُ اَتھ رشوت ستٕی پیٹھ بہت
چھُ سزا کھٕنٛڈ کھٕنٛڈ تۄرٕ سے تھاوان پان

**کاسیس۔** سزا !

**بروٗٹس۔** مارچُن پندا ہمی زٕ یاد کر، ہو یاد کر
شانہٕ بوٚڈ سیزر قتل سپد یُنا انصافہٕ سبب
کُس کمیناہ لاگہِ ہس جسمس اَتھاہ، کُس مارِہ ہس؟
یوٚد نہٕ انصافُک تقاضا آسہِ ہے؟
دُنیاہُک بوٚڈ بارٕ انسان مورنا اوہٕ سببہ اَسہِ
پُرش پناہی لوٗٹرن یُلی تمٕی کرے
وونی اَسے مۆزن کانہہ تِتھے آسُن گژھیا؟
خاہ مخاہ رشوت ہیتھن آلودہٕ کرِہ سہٕ اَتھ پننہٕ
کیا سہٕ اُسی کِنوا پننہٕ بڑ بارٕ جاہ بۆز تیچ
تِتھہ بدل ناچیز ٹانٛکین مُتو گژھو؟
چھُس دیان بہتر چھُ ہوٗناہ زوٗنہٕ کُن وودان چھُ یُس
کانہہ تِہٕ رُومک آسہِ یُتھہ یُلی، تُس نٔشے

**کاسیس۔** بُروٗٹسٕ مہ دِم وُتش، برداش یُتاہ چھُے نہٕ میہ

چھُے نہٕ پانس تام ژٕ یہٕ روزان کینہہ
چھُک کُدِس تَل داڑہِ میہٕ ہَقٕ وُن یٔژھان
چھُس سِپاہ اَکھ تجربٕس منز، چانہٕ کھوتہٕ پُرٕن چھُس
چھُس بہٕ قابِل چانہِ کھوتہٕ وارِیاہ - زانان چھُس
کِتھ کِنۍ تھ حالات قوبوٗہس اندر رٔوزِتھ ہیکَن

بروٹس۔ تھاوسہٕ وونی۔ چھُک نہٕ ہرگز کاسیس
کاسیس۔ ہے بہٕ چھُس
بروٹس۔ ہے میہٕ ووٗنمے چھُک نہٕ کینٛہہ
کاسیس۔ ہے مہٕ کر جہلی۔ میہٕ پانس تام وونی روزی نہٕ کینہہ
یود مِنٛ چھُک خار کانٛژھان، تِلی مہٕ دِم نٕہکے وُچھِتھ
بروٹس۔ گٔژھ دفعہ۔ ناکارہٕ انسانا میہٕ نِشہِ
کاسیس۔ کیاہ یہِ چھا ممکن ؟
بروٹس۔ بوزسہٕ کَن تھاو، اَکھ کتھ بو ونے
کیا بہٕ وونی پانٛن ژٕ یہٕ بہیا، دٔرِہ ہم نہکے جہلی
کیاہ بہٕ کھوژھا، پاگلٕ یود کھوژھ ناوہم کرِ یکہٕ دِتھ
کاسیس۔ دیوتاہو کیاہ یہِ سورُے بہٕ کرا برداشت وونی ؟
بروٹس۔ کیاہ یہِ سورُے ؟ بٔلکہٕ یِہنا — ژکھ کھار ژٕہ ؟

کھارٕ ژٕ کھ تیزٕ اہ، ژٕ یہٕ چھُکھ مغرور دِل بلکل فِٹُھ

گرٕ شھ سہ پننہٕ نوکرن ژٕ ہاو، چھکھ آتش مزاج

گرٕ شھ تِمے ژٕ کھوژہ ناوُکھ خشمہٕ سیتی

کیاہ بہٕ دوہ نی کھُو ژٕ بتھ ژلا؟ کیاہ وُچھنہٕ بیہما ژٕ یہٕ گنتھ؟

کیاہ بہٕ چانے بدمزاجی فِش نیما؟

با خُدا جہلکُ یہ زہرا ژٕ یہٕ ییٚیی چوٚن پانہٕ سہی

یوٚد ژٕ جہلکُ انتہا اکھ ہاوِہ ہم

ازٕ کِہ دوہ سہ پیٹھٕ یام ژٕ یہٕ جہلاہ کھسی

بہ آسان آسے مخولاہ یُتھ بنکھ

کاسیئس - گوژِ اوٚت پیٹھ واتٕ کتھ؟

بروٹس - ژٕ یہٕ ووٚ نحتھ چھس چانہٕ کھوتے رُت سپاہ

ہاو تیلہٕ کتھ یا اٹھٕ چھکھ لاف تیلہٕ کر پوٚز بتھ

سپدِ خوش تمہٕ سیتی وارہ، اچھ وطیراہ میون چھی

پننہٕ کھوتے جان انسانن نشے کینژھا ہیچھُن

کاسیئس - بروٹس ہر طرفہٕ ژٕ چھیہ ہم کران بے عزتی

کُروٚ نم چھس چانے کھوتے جان، امیہ ووٚن بڑُن چھس

کیاہ ووٚنا میہ 'جان چھس'؟

بُروٹس۔ یوٚد ووٚنتھ ژِ، توٚتہٕ پرٛا چھم نہٕ کیٚنہہ

کاسیس۔ اوس یٖلہٕ سیزر زِندے، تمہِ کوٚر نہٕ یتھہٕ پاٹھی جُرأت

پی زہٕ یتھہٕ پاٹھین وُتش دِیہٕ ہا میٚہ زاہ

بُروٹس۔ تھاوسہ، خاموش بیہہ، خاموش بیہہ

تس ژہٕ ہاؤہس دِیہٕ ہکھ، جُرأت اوسے ژٕیہٕ کر!

کاسیس۔ کیاہ میٚہ اوسُم نا جُرأت؟

بُروٹس۔ ہے، نسہ

کاسیس۔ کیاہ میٚہ اوسُم نا جُرأت تس ہاؤس دِنک؟

بروٹس۔ پان ژہٕ اوسکھ بچاوان، جُرعتی اوسے ژٕیہٕ کر

کاسیس۔ ہے مہ تُل یُوت بے جا فائداہ ژہٕ محبتک

ورنہ کانہہ تژھ حرکتاہ سرزد گژھی یوٚد میانہٕ دُسمہ

ناحقے تتھہٕ بیہٹھ میٚہ پچھتاوُن پییم

بُروٹس۔ چھت ژٕیہٕ بُروٹھے حرکتاہ کرٕمژ تژھے

یتھہٕ بیہٹھن پزہٕ ہی ژٕیہٕ پچھتاوُن سپداہ

کاسیسو لافن بہٕ کھوژان چھس نہٕ زاہ

چھم سلاح دوٚلتٕ میٚہ ایمانک سپداہ

بے ضرر ہوہس ہاوی چھم ژٕ انہٕ ہتھ میٚہ لاف جاٚنز

کھوژہ ناوان چھم نہ پژھ ہش کنہ زنہینز
شیشچ میہ سوزائی زہ زر کینہہ سوز تم
تورہ ژہ یہ انکار کوڑ نخم صاف پاٹھی
یہی زہ بے جا پوشہ مانگہ ہم رٹن ؟
با خدا دمہ شکل پانہ نن ہشر بی یتھ وانی جے
یتھ رتس ڈرا چھم بہ کینہہ کرہ تیار،
تمہ رنتے ۔ بہ گریستین نمہ ہیت تم کینہہ رہ پلے
زمینز منتم یم آسہ ہن محنت کرتھ وارہ، تمو
شیشچ میہ سوزائی زہ زر کینہہ سوز تم
یتھ بہ فوجس باگرت دمہ ہ یتے
ژیہ کورتھ انکار ۔ اوسا جان تی ہد کاسیو یسو
کاسیو یسو ما آسہ ہے تیلہ تیتھ طریقہ میون زاہ
زاہ اگر پروٹس بنیو یتھ لالچی
تھا وہ یارن ژورہ شہ پود پوشہ کینہہ ہمراہ کرتھ
• دیوتا ہو تہ ہر تمی وزہ بڈ ژھاہ ژھنز زیوس جبل
یتھ فتنو سپد تھ جلد تتی ہی مرے
کاسیس ۔ ہے میہ کر انکار کوڑ مے ؟

بُرُوٹس۔ ژٕ یہٕ کوٚرُتھ !

کاسیس۔ ہزاہ نسہ ۔ سہ اوس واراہ بے وقوف

یمی جواباہ ہیوٚن ژٕ یہٕ واپس رنیوٚ ے

بُروٹسو ژٕ یہٕ کاشہ کرِتھ تھم دا ٔنی جے

آسہِ یوٚدوٕ ے خامیاہ یارس اندر

دوستس سعہ خامِیاہ ژالنٕ پزٕ ے

بُروٹسن ہُرٕ راٚد کِتھ کنٕ میا ٔنی خامی تھد بدل

بُروٹس۔ ہے نسہ ۔ تیلہ ژٕ یہٕ غلط اندازہ درتاوِتھ میہ ہیہِٹھ

کاسیس۔ زدن ہیے، ژٕ یہٕ چھےٚ نہٕ محبت میون کینہہ

بُروٹس۔ چھُم نہٕ بے شک چانہِ خامِہ کینہہ پسند

کاسیس۔ محبتنِچ نظراہ چھِنا خامی وُچھان ؟

بُروٹس۔ ہے نظر خوشامدی سِہنز ہیٚکہِ نہٕ زاہ خامی وُچھت

آسی تن اولمپس ثنب کوٚہ بعہ

کاسیس۔ ہے ولو انٹونی یہ ۔ اوکٹی وسو

کاسیس یَس کنٕ ریٚ زٕ لِس ہے توٚ وُنی کین توٚ ہیر انتقام

چھُ سہ آمُت دُنیاہَس منز کوٗت تنگ

یَس بَران ماپاہ سہ چھُس نفرت کران

طعن و تشنیع چھُس کران بو یاہ پنُن

زَن غلاماہ چھُس تھوان ۔ نگراٗنیاہ چھُس ہر طرف

چھِ قصوٗرن تمہِ سنٛدِین نظراہ تھوان، لیکھِت تھوان

یاد تھاوان چھُک، کران گردان ہا

وقت موقعے یُتھ خجل کرِ ہن تمِس

وائے دٲدِ ہا یُتھ زِ اندرم دود تیتھ کُنہٕ باوِ ہا

ہے یہ کیاہ چھے میون خنجر، بی یکیاہ نوٗن سینہٕ چھے

اُتھی اندر زِ میون دِل دُچھِھن اَتی

چھے پلوٹسٕ[1] سنٛدِ رنٛشے واراہ موٗلُ

بی چھِ سورُنہٕ کھوتے تھوان قیمت سیٹھاہ

چھُک، زِ یوٗد دُوٗمُت، یزِی پاٗٹھو میون دِل کڈِتن ہیر

سورِن دِنس انکار کوٗرمُت ہیش کشُن چھے دل یکیاہ

لاے تمُ خنجر، ژٕ یہ یتھ کُنہٕ سیزرس لاید تھو نیلو

چھِم یتاہ دِی کینژ اٗسی، تونہٕ ماے اٗسی تسُنز

---

[1] پلوٹسس (PLUTUS) دولژِ ہُند دیوتا۔ یُس زِوس دیوتاہن گاش
مۅکھ ہہت، نیوٗمُت۔ یُتھ زَن دولت اَنٛدِ پاٹھو باگرِ

کاسیئسن محبت ژیٚہ چھےٚ یوٚتاہ تہٕ تمہٕ نِشن وار یاہ

بروٗٹس۔ تھاوسہٕ خنجر میانے منز پنُن

کھار ژکھ بیٚلی خوٚش کٔرِی، تیتھہٕ شُنب ژیٚہ چھےٚ آزادی یاہ

چاٚنی بے ادبی میٚیہ باسیم اکھ ترنگ، بیٚیہ شاہ خٔشی چھےٚ تیژ کر

کاسی یسو چھُہ سیٚتھ بوچا چُون چھرہ پوٚتِس ہوٚے

چھُہ تیمس ژکھ تیژ، یوٚتاہ زقمقس منز نار چھُ

بیٚیہ ہٮ۪ن گھکھراہ دِژِس ژراوان بیچھ جل جل ژتیٚنہ کیٚنہہ

بی چھُہ یکدم اتھ سیدان سرد

کاسیئس۔ کاسیئسس چھا زندگانی بَس یژ ہے

روزِہ سہٕ بے ہوٚدہ جیٚز اہ یا مذاقاہ بروٗٹسن

آسہ بیٚلی تسِس غم تہٕ بیماری ستاوان ہر طرف

بروٗٹس۔ بیٚلی ژیٚہ سیٚتہٕن کیتھہ گرم اوسُس بُتے ناساز میوٚہ،

کاسیئس۔ بیٚیہ ہن ژیٚہ مانی تھا پژر پاٚٹھ؟ ہے

دِل سہٕ تیلی کٔڈ اتھہٕ پنُن

بروٗٹس۔ میٚون دِل تے چھےٚ یکیاہ

کاسیئس۔ اوہ، بروٗٹس

بروٗٹس۔ ہے وَنم سہٕ کیاہ دلیل؟

کاسیس۔ ہے چھیا ژیہ مارے بیتہ تراہ، یتھ کرکھ برداش ژہ
میانی سوے ژکھ، یوس وراثت چھم میہ ترٔ مژ ماجہ ہنز
یمہ ہۄ وُنی پانس میہ تھو کانہہ اختیار
برٗوٹس۔ ہے آہستہ: کاسیسو بیلو ازی کہ بیبہٹہ زاہ ژکھ کھسی
سوچہ برٗوٹس ماجہ بچانے کورہ جہل
تمہ ورِزے کھاری نہ ژے الزام کانہہ (نبرہ چھ شور گژھان)
شاعر (نبرہ) ہے دِیو میہ اژنہ اندر یتھ وُچھک جرنیل بو
چھم میہ باسان تم ژُوان چھو پانہ وانی
جان چھنہ گنز زنی تہے آسن وُنی کین
لوسی لی یس۔ (نبرہ) ہے اندر اژنک اجازت چھے نہ ژیہ
شاعر (نبرہ) مو تہ رۄس ہیکہ مارٕ کاڈ تھ کانہہ تہ میے (شاعر چھ اژان)
(لوسی لی یس، لوسی لیس تہ ٹٹنس چھس پتہ پتہ اژان)
کاسیس۔ ونسہ کیاہ ژ ہاران چھوہ، کیاہ چھ دلیل؟
شاعر ہے شرم تہ ہہ کرٕھ چھ جرنیلو، ژُوان کوہ چھو وُنی کین
کیاہ ارادہ چھُہ تہ ہے؟
مارے بری تہ اکھ اکس، بی دوس بنو تور تتھ کنیتھ
تہ ہاہ ہوین تُوکن چھ شایاں یتھ کنیتھ

چھُم یقین میۓ تھٔندِ کھوتے دُنیاہ وُچھمُت میۓ چھُم

کاسی یس۔ ہا ہا ہا

وُچھ سہ پاگل، باٗے کِتھٔ وُلٹے گیوان

بُرُوٹس۔ گژھ دفا ہو پاگلو ۔ ہو گژھ دفا

کاسی یس۔ بُرُوٹسو جہلی مہ کر، چھُ عادتا اُمی شُند یُہ ہے

بُرُوٹس۔ ژالہ ہا بجواس اُمی شُند، یوٗد سُہ موقاہ آسہ ہے

کیاہ جنگس اندر چھُ احمق شاعرن ہُند احتیاج

ہے ژٕہ یارا نیر سہ

کاسی یس۔ ہے آ ہنس نیر سہ ژٕہ جل یہن (شاعر چھُ نیران)

بُرُوٹس۔ ہے لوسی لی یس تہٕ ٹِٹنس نیریو توٗ

افسرن وُنِو تہٕ زہ فوجس کِتھٔ کرن خیمے تیار

کاسی یس۔ جَل یِزِو پھیر ہتھ، مسالا عِستی پانس توٗ ہیو اُنون

(لوسی لی یس تہٕ ٹِٹنس چھ نیران)

بُرُوٹس۔ ہے لوسی یس! اَن شرابُک پیالہ کھنڈ (لوسی یس چھُ نیران)

کاسی یس۔ سو نصیحت اُدھُم بہٕ میۓ، ژٕ یُہ یوٗت جہلاہ زاہ کھٔسی

بُرُوٹس۔ کاسی یسو! وِہ ژٕ کیاہ دَنیۓ کھیومُت بہٕ چھُس کیتیو غموٗ!

کاسی یس۔ فائیدہ چھُک ماتلان ژٕہ فلسفس زندگی ہندِس

یوٗد نِیمکھ وقتی دہ کھن دادِن رٔنشے

برٗوٹس ۔ میون ہیوٗ برداش دوہ کھ تلنگٕ نہ چھِی کانٔشیہ ہے

ہاے موو یہٕ میٔہ پورشیا

کاسِیس ۔ ہانہہ! پورشیا؟

برٗوٹس ۔ ہے سوہ موو یہٕ

کاسیس ۔ ہے وٗتشِ دٔیت مے میٔہ پیٹھ کٔنہ ۔ موتہٕ نش کِتھ کٔنہ بچوس؟

ہے یہ راوٗن بوٗڈ دوہ کھا، ناقابلِ برداش چھُے

ہے وٗنم سہ ددد کیاہ ہیوٗ اوس تس؟

برٗوٹس ۔ اوس تموٗ سند دود بس میونے فراق

بیا کھ دوہ کھ، طاقت جمع کوٗر اوکٹی وسن، انٹونین

مرنہٕ برٗونٹھے واٗژ تس خبراہ یُہنہ

یام بوٗزن یہٕ خبر تس ہوش ڈاوٗل

برٗونٹھ کٔنز اوسس نہٕ خدمتگار کانْہہ

اُتھی اندر دٔزِ دٔنی تینگل نینگلاوٗی نے

کاسیس ۔ کیاہ پیٹھے کٔنز سہ موو یا؟

برٗوٹس ۔ ہے آہنسہ

کاسیس ۔ ہاے ہے تہٕ ہی دیوتا ہو چھوامرٔ نوٗمی ییس پکھ زٔانگہٕ تہٕ شراب

ہیتھ اَنزان )

بروٹس۔ ووٚنی مَہ کرکُتھ تیٚنز۔ دِم سہ شرابُک پیالہ اکھ

چھُس بہٕ مُشراوان ساری غم پیٚتھِ کُنی کاسی یس

کاسی یس۔ میون دل چھےٚ ترِیشہِ ہوٗت چھُ محبتُک

برسہ پیالاہ ہے لوٗسی یس دٔندرہ تام

کرنصیبس آسہِ مے بروٹسنہِ مائےٚ ہند شراب!

(جوان چھ۔ لوٗسی یس چھُ نیران)

بروٹس۔ ٹٹنسو اژسہ اندر (ٹٹنس چھُ مسالاہس سیتی بیٚیہ اژان)

ہے مسالا اَسہ نے خوش آمدید

ہے وِلو اَندی ییکہ بہہو۔ ژائنگس رٔنشے

اَسہ کروٗ کتھ باتھ برونٛہہ کُن کیاہ کرو

کاسی یس۔ پورشیائے! کیاہ ژہ گیہِ کھاتہ ترکُن؟

بروٹس۔ ہے عرض کوٗرمے مہ کرہ ووٚنی کتھ تیٚنز

ہے مسالا وائنی خط میٚیہ وادیاہ

یِی زِہ اوکٹی وس تتہٕ انٹونی چھُ ووٚنی اَسہ کُن دوان

لشکراہ بڈ بارہ چھُک سعہ مبرائود مُرژ

چھُ فلپی کنز تمن حملہ کرُن

مسالا۔ ہے میٚیہِ تے خط وائنی مضموٗن چھُک یہے

بروٹس۔ بی وُنم چھُک کیاہ تُرے مانے لیکھتِ

مسالا۔ بیٚیہ فرستاہ چھُک چھیونت، یم چھِ ووٚنی مارِنی تمن

بی تِمَن ہُند یم نہ چھ محفوظ ؤ نُن تھمتھ
بیٚنہٕ تہٕ چھ انٹونی ین، اوکٹی وِسَن، لوپی ڈس
مارِتھ ہتھ ممبر سینیٹکی پوٗرہ ہیٚتھ

برُوٹس۔ اُتی نس چھ سانہٕ چِھٹھ تھاوان تضاد
ست تھن ہُند چھُ ذکر میانین اندر ییم مارہ گے
چھُ سیسرو اکھ ممبر تِمنٛے اندر

کاسیس۔ سیسرو نیا؟

مسالا۔ ہے اُمی فہرستہٕ مُوجب گو سیسرو تے قتل
میانہٕ آغو کانٛہہ چِھٹھ یا توہہ آشِنٛہٕ ہنٛز واژ وا؟

برُوٹس۔ ہے مسالا کانٛہہ نسا

مسالا۔ کیاہ چھُنا ساذکر تِمہٕ سُند کانٛہہ چِھٹِن چانین اندر؟

برُوٹس۔ ہے مسالا کانٛہہ نَسا

مسالا۔ ہے میہٕ باساں چھ عجیبی کتھ ییہٕ

برُوٹس۔ کیا زہ تِلہٕ چھی ہم پرٛیرٛ ھان؟
چھا چِھٹِن چانین اندر کانٛہہ ییٚتھ کتھ لیکھت تسنٛز

مسالا۔ میانہٕ آغو کانٛہہ نَسہ

برُوٹس۔ چھک گوٚ برُدوُمُک زہ میہٕ وَنِتھ پوٚزُے

مسالا۔ چھک ژہ تے رُوک گوبرِ، تیلی بوزسہ پوز پوز دَ نے

چھہ مُومرِت پیزی پائٹھی سعہ، چھس حادثاہ گوٹت عجب

برُوٹس۔ پورشیائے! اَسی نے تیلی الوداع

ہے مسالا چھُہ مرُن اَسہ کُنہِ وِزے

یام چھس سوچان موتُس نِش ژلُن چھُنہ مُمکنی

چھُس دِوان تسکین پانس کرِ یہ دوہ کھ برداش ووٗنی

مسالا۔ ہے یتھے پائٹھِن چھہ ژالان بڈِ مصیبت بُڈِ سنوش

کاسیس۔ چھس یہ کتھ سوچان چانی پائٹھی بہ

توتہِ ژ الیتھ ہیکہ نہ زاہ بہ چانی پائٹھی

برُوٹس۔ ہے وِلو اَسی زندہ مَسلن کُنُ بکو

اَسی دوپ یکدم فلپی کُن۔ تیھنز کیاہ رائے چھہ

کاسیس۔ چھُم نہ باسان جان کیاہ سَن چھُو یہ کتھ

برُوٹس۔ وَن چھُہ کیاہ وجہہ اَمیک؟

کاسیس۔ بوزسہ وجہہ امیک

جان گو ژھاڑن اسے دُشمن پننی

اکھہ تھکے تس فوج یتھ کنہ، بی گرتھ ہس طاقت ختم

یام کرِ سہ حملہ، اَسی آسو یتے آرامہ سان

اُسہ کرو بچھنیچ سبیلاہ، تازہ دم روزو یتے

بُروٹس۔ جان یوس آسہ دلیلاہ، سعہ دِین جایاہ پننز

تمحند دلیلے آسہ یوس تمہ کھوتہ جان

لُوکھ ییم منز باگ چھ فلپی تہ یتھہ وادی اندر

زور و جبرٔ کٔ محبتاہ چھک سون بس

کوٚرہ تیمو انکار اُسہ مدتھاہ دِنس

یام دُشمن نیرِ یوکُن لشکرے پدیکھ ہُرہیر

تازہ دُم نو طاقتاہ ہیتھ واتہ سو

یوٚد اُسی فلپی اندر دُشمن رُٹون

فائیداہ تیمو شند ژھینو گاٹس اندر

بیٚ تہ ییم لکھ یتھ کنتھ پتہ پتہ پکن

کاشیس۔ بایہ میانے اکھ کتھاہ ژہ بوز تم

بُروٹس۔ ہے بوچانے اِژ نہ وَنہ ہا بیاکھ کتھ۔ ژہ یاد تھاو

دوستن اُسہ ہیوٚت مدد سوروٚے یہ کینژھاہ دِتھ ہیکن

اُسہ چھ وٚنۍ بربور لشکر، چھ مُرادس واتی ہمتھ

تمتھ بدا ہُرکری گژھان ہر روز سانین دُشمنن

اُسی چھہ وُنی کین انتہاہس پیٹھ، وون ییہان اُسہ بل یقین

چھہ ہمیشے لہرٕ ماران زندگی ہُنٛد رسا گراہ

سازگاڑی آسہٕ پیٹھ، چھہٕ کام مأنی کُن تُوان

پیٹھ سوساتھی راو رو، پتہ زندگأنی ہُنٛد سفر

بِل یقین دادِن، وۄ کھُنٛ تہٕ مُشکلن اندر پیوان

اُسی تہٕ بیٹھو سے ساگرس اندر چھہ اَز سفراہ کران

اَسہٕ چھہ لأزِم وَتھ رٹُن، وُنی کیٛن چھہ موقاہ سازگار

راو رونتہٕ پھُتہ مُناسب موقہٕ اُسی

کٲسی یس۔ یُتہٕ چھہٕ مرضی چأنی، تِیلی نیرو تُہۍ تہٕ

اُسی تیٚنٛتی قلبی اندر سمکھو تہٕ تمن

برٛدِش۔ رات گے آدا کتھن باتھن اندر

فطرتُک فرمان مانُن لأزِمی من

رام کرہٕ ہیٚمن سعے ذرا آرامہٕ سیتہٕ

روزِ ما اَسہٕ کانٛہہ کتھاہ اَبادٕ نے؟

کٲسی یس۔ ہے نسہ، اُسِن میٚہ رۄخصت، الوداع

اُسی دِ کھۄ صُبحس شُلی، بہٕ نہٕ ٹھہ کُن یکو

برٛدِش۔ کُوسی یس! (کُوسی یس چھہ اَثان

ہیوان چھہٕ نہٕ (کُوسی یس چھہ نیران)

ہے مسالا ٹاٹھ اُرِن الوداع۔ ٹٹنسو ہے الوداع
شاہ بڈ ہو کاسیو یسو بس الوداع
نیرسہ شانتی اندر آرام کر

کاسیس۔ میانہ ٹاٹھے بایہ وُ لٹے پاٹھو گے راتھا شروع
گیتھ تضاداہ گوڑھ بہ زاہ سپدُن اسہ دوشن درمیان

برُوٹس۔ دوشی چھ سورُے ٹھیک پاٹھِن نیرسہ

کاسیس۔ میانہ آخر الوداع

برُوٹس۔ ٹاٹھ بایو الوداع

ٹٹنس آخر سانے بروٹسو ہے الوداع

برُوٹس۔ الوداع دوشی ہر اکس تہ ہے اُسو نو

(کاسیس، ٹٹنس، مسالا چھ نیران لوُسی
یس چھ چوغہ ہیتھ اُذان)

دِم ساہ ہے چوغاہ پٹنُ
چھت ژیہ تھوشت کتہ سنا سازاہ پٹنُ ؟

لوُسی یس۔ چھُم یکیا حض خیمہ سی منز یورگوُ

برُوٹس۔ چھُک کروژہ نندرہ ہوت ہو کتھ کران ؟
'کُولہ بدماش' ژیہ ما چھے کانہہ قصور

چھک ونِندری کوٗت ژٕ ژھکرو ومُت
نادِ دِتھ آن تِکھ کلاڈی یُس تہٕ ہُنُوی میاِنی گیٖنہہ
یِتھ شوٗنگن تِم بِسترن پیٹھ میاِنی ہیٚے خیمس اندر
لوسی یس - وِرٗو، کلاڈی یس
آغہ سانے توٗہہ چھوا آلو کران ؟
وِرٗو - ہے آہنسہ توٗہی شوٗنگو اَز میاِنی یسی خیمس اندر
توٗہہ ہٕ ڈزہ نادوِوٕ جلدی چھُم یقین
کاسرِ یس بانیس نِشے چھوٕ کام اکھ
برُوٹس - آسہ یتھ کنٕز مرضیاہ توٗہہ - اَسی کرو حکمس تہٕ ہندِس انتظار
وِرٗو - ہے نسہ یتھ کنٕز مہ بہو، توٗہی شوٗنگو
برُوٹس - بہ چھُس ممکن راسے ما بدلیم پتے
ہے لوسی یس! وُچھ سہ ژھاران چھُس کتاب
آسہ ما چھوٕ غرکس چندس میٚنہ تھاوِمُژ
(وِرٗو تہٕ کلاڈی یس شوٗنگان)
لوٗسی یس - چھُم یقین آغہ میٚنہ اکھ دِژوی نہٕ گیٖنہہ
برُوٹس - گوٗبرٕ دِم مانی میٚنہ چھُم مشرِفاسیہ ژھٹاہ
کیا ہیکھ ناسہ گوہ بِنہ تارِن پیٹھن تو یُہ کرِتھ
تام اکھ سازِس پیٹھن باتھی زٕ باتھی زِدٕ نو کھ ؟
لوٗسی یس - میانہ آغو چشمہ وو کتھ رے یوٗدٕ ژٕ فرماش کرِ کھ
برُوٹس - ہے آہنسہ گمہ برٕ - تکلیفاہ دِوان داراہ چھُسی

چھک ژِ لیکن اتھ ازاہس پیچھ تیار

ٹوسی یس۔ میانہ آغو میانی کاما پی چھنا

بُروٹس۔ سکتہ ہر ژیہ بور ژاوُن پژہ نہ میہ
چھم پتاہ میہ نوجوان ژھاران چھ آرام ہنا

ٹوسی یس۔ میانہ آغو چھم نندر کرِمژ میہ بُرونٹھے داریاہ

بُروٹس۔ جان ژیہ کور تھم۔ دُبارہ کرہ زہ نندراہ ٹھیک پاٹھو
جادہ کالس ژہ رٹتھ نو ڈی کینس
زندہ یوّد رُودُس سپداہ بخشش دِمے (گیون تہ وایُن)
ہے یہ چھم راگاہ چھ یوس یادان نندر
مارہ دِنی نندرے! ژہ کوہ چھک پتہ دوان گوٚب عاجہ ہیچھ
میانس بی گوٚبرس۔ چھہ یُس موسیقیاہ ژہ گرزھ گیوان ؟
گرزھ سہ گوٚبرو اُسی نِے راتیچ سلام!
ژیہ تھوت ہشیار تکلیفاہ دِمے نہ جادہ کینہہ
ذانگرِ مس منز یوّدہ کرہ کھ حرکت۔ فُٹی سازی ژیہ تیلی
بہ ہمن لہذا یہ ژے نش۔ میانہ گوٚبرو الوداع
دم سہ ووہ نی ڈچھنے۔ میہ دِم ووچھنے۔ چھُنا کھسے ورق
پُتے مہ فرہ یُس پرِہتھ ژاویو میے ؟

چھُس بہٕ سونچان یکھہ چھُ سُہ (سُہ چھُ بیٹھتھ بہان
سیزرٕ سٕن رُوح چھُ اژان)

ہائے یہ بُتھ کیٛژاہ چھہ گٹ
ہائے! کُس سنا ژاو یورکُن

چھُم میہٕ باسان چھُم اچھن ہٕشنزٕ ی کُسر
یٖمہ یہِ جن ہِش صوٗرتھاہ اُنٕز بُروٗٹھ کُن
ہائے یہ میے کُن یکینہِ لیجٕ

ہے چھُکا پنُزٕ یا کٔھٹی کانٛسٕہ ها؟
ژٕ چھُکا کانٛہہ دیوتا؟ یا کانٛہہ مٔلکھ؟ یا کانٛہہ جناہ؟
یٖمی میہٕ ۂندرو خوٗن - بٔیہ ریٹھ تیرہِ کنڈ کر
وٕنتہ میے ہے چھُک ژٕ کُس؟

رُوح۔ بُروٹسو وُچھ، چیٛن چھُس بو وُلعہٕ رُوح!
بُروٹس۔ کیا زٕ یورکُن آکھہ ژٕ؟
رُوح چھُم وَنُن ژٕ یہٕ - ژٕ وُچھک فِلپی اندر دُوبارہ میے!
بُروٹس۔ جان گو ٹھیک - گوٗ وُچھت دوبارہ ژٕ؟
رُوح۔ اووٕہ ہے فِلپی اندر
بُروٹس۔ جان گو - فِلپی اندر سمکھوٕ پتے (رُوح چھُ مٔٹان)

وۄنی میٚہ یامت دِل کوٚرُم دوٗر غائب گوٚکھ

ڈُلنبہٕ رُوحو! بێیہِ تہٕ کتھ باتھا کرٕنی اُسم ژیٚہ سیتی

ہے لُوسی یس، ہے کلاڈیس - ہے ژرٕ ورّو - ہوو وُتھو

ہے کلاڈیس

لُوسی یس - میانہٕ آغو چھُم ڈیلے مژرٕ نارٕ سازس ظاہرا ؟

برُوٹس - اوہ! ہتہٕ سونچان ڈُنہٕ چھُہ وایان ظاہراہ سازاہ پننُ

ہو لوسی یس گژھ ہُشار!

لُوسی یس - میانہٕ آغو!

برُوٹس - خاب ما اوشکھ وُچھان لُوسی یسو ؟

ییمہٕ کریکھاہ زورہٕ ژیٚہ نیپر تھٕ ژجی ؟

لُوسی یس - میانہٕ آغو - چھُم نہ کیٚنہہ معلوم - کریکھاہ میٚہ دِڑا ؟

برُوٹس - ہے آہنسہ ژیٚہ دِڑ وتھ - کانہہ چیز ما بێیہِ ژیٚہ وُچھت ؟

لُوسی یس - میانہٕ آغو کیٚنہہ نخض

برُوٹس - ہے ژیٚہ بێیہِ ہنوت تھا لُوسی یسو ؟

ہے کلاڈی یس وِتھو - ورّو وِتھو

ورّو - میانہٕ آغہ

کلاڈیس - میانہ آغہ

بُرُوٹس۔ کٲتیہِ کوٚہ سہ ژُ جوہ نیرِ یتھ نندرِ منٛز؟

ورّو۔ کلاڈیس۔ کیا ژ جا ییزِ کہ پانٕٹھو آغو؟

بُرُوٹس۔ ہے آہنسہ۔ وُچھوٚہ ما بێنیہ چیز کانٛہہ؟

ورّو۔ میانہٕ آغو کێنٛہہ نخص میٚہ وُچھ نہ کێنٛہہ

کلاڈیس۔ میانہٕ آغو کێنٛہہ نخص!

بُرُوٹس۔ ہے گژھو توٚہی، کاسہِ ییس باییس ونو یاگام میون
توٚہی وَنِو تَس۔ سحر سی نقاوِن پننٛہ لشکر تیار
اسہِ یتہِ نیرو تمہِ پتے

ورّو۔ کلاڈیس۔ ییی کرو اسہِ سانہٕ آغو بل ضرور (نیران)

# پائنژم انگ

اکم نظاره ــــــــــــ فلپی هندی کرمادان

(انٹونی، اوکٹی وس تہٕ تہٕندۍ لشکر چھ اژان)

اوکٹیوس۔ سپزٕ وۄنی سۄ میٲنۍ سانے پوره، ؤچھ سا انٹونی
ژٕ یہ وۄنُتھ، ہے وَسہ تہٕ دُشمن بوہ ن گژھتھ
بلکہ بالن پیٹھ، بٔڈن جاین پیٹھی ٹھہراوہٕ کھۄر،
تہٕ سیدہ مانہٕ پوره۔ ؤچھہ نزدیک چھ لشکر تہٕنز
تم یُرژھان حملاه کرن اَسہ پیٹھ ییتی فلپی اندر
تم بچاوُن پان اَمہ برونٹھی زہٕ اَسہ حملاه کروکھ

انٹونی۔ ہے یہ گو بجواس بل گل۔ چھم پتاه میہ سِرتہٕندو
بتیہ میہ چھم معلوم تم کوہ موکھ چھ یُژھد حرکت کران
ہے کرن خوشیاه تِہمے یوٗدوے بتیس جاے گژھن
یتھہ تِہمے پاناه بچاوُن اَسہ نشے
آیہ بہہ دوری بتھ اسہ ہاوہ سنے
یتھہ زہٕ پیٹھ گژھ رب داباه بتیہ اَسے

چھُنہٕ لیکن یہ پزر (اَکھ قاصِد چھُہ اژان)

قاصِد۔ جرنلو! سپدِو تیار

روب دابے سان چھُہ دُشمن یکان

چھُہ جنگچ علماہ وۄہرِج اِستادٕہ کرہٕ مژ دُشمنو

تۄہہ تہٕ قدماہ وۄہنی ٹکِو کانہہ دُومہ سان

انٹونی۔ اوکٹیوس! فوجاہ پنٕنۍ نِن وارہ وارے ژٕہ کدِ تھ

کھوورہ اندہ ہُتھ صاف مأدانس گٔنِتھ

اوکٹیوس۔ بہٕ دۄچھنہِ کنہِ نیرٕہ، کھوورہِ نیرٕ ژٕہ

انٹونی۔ ہے یِتھس ہنگامس وقتس منز ژٕہ کوٚرٕ ہُتھ چھکھ دِوان؟

اوکٹیوس۔ چھُم نہٕ ہُتھ یُن ژیہٕ، مگر یی چھُم کرُن (قدم چھُہ تُلان)

(ڈول چھُہ وزان - بُروٹس - کاسیس تہٕ تہٕہنز لشکر چھُہ اژان

لوسی لیس ٹٹنس، مسالا نہٕ باقی)

بُروٹس۔ تِم چھہٕ اِستادٕ ے، خبر کتھ باتھ ما آسہِ کرٕنی

کاسیس۔ ٹٹنس ژٕہ روز اِستادٕ ے اُتی

بُروٹہہ پکہن نیرِتھ کرو کتھ باتھ آسی

اوکٹیوس۔ انٹونی! کرِوا اِشارہ آسی جنگُک؟

انٹونی۔ ہے نہٕ سیزر! دِمو حملس تہندس آسہِ جواب

بُرونٛہہ پیٛہن زٕ نیر، جرنیلس چھ کتھ باتھاہ کرٕنۍ

اوکٹی وس۔ ہو، اشارٕ رۄس ینا حرکت کرِو

بُروٹس۔ ہم وطن یارو یہ چھا آئین تُہُند؟

باگرٕنۍ الفاظ مُشتو بُرونٛہ ہے

اوکٹی وس۔ ییٚنہٕ ژیٚہ چھےٚ مائے لفظن ہُنز، چھا اسہ تیٚژ کینٛہہ؟

بُروٹس۔ وٕلٕنۍ مُشتو نش چھ بہتر رٕتی لفظ، اوکٹی وِسو

انٹونی۔ وٕلٕنۍ مُشتو منز کرٕنان چھُک رٕتی لفظ ہو بُروٹسو

الحہ چھُ شاہد سیزرُن زخماہ دِلکُ

یکطرف اوسکھ دِوان نعرٕ زہ "سیزر زندہ باد"

کاسیس۔ انٹونی!

کیاہ خصلیٚہ ہت چھےٚ ژیٚہ مُشتن، ووٚنہ چھ تمہِ نش بے خبر

چانہِ کتھ چھ ہیبلا[1] چین ماچھ تُلرِن لوٗٹِہ وان

مانجھ رۄس بیچارہ تمہِ چھی ہکھ ٹھوان

انٹونی۔ ہے مگر ٹھوِن ماچھہت چھس بو نِوان؟

بُروٹس۔ ہے آہستہ! بی چھُہک آواز تامت لوٗٹِہ وان

---

۱؎ ہیبلا (۲۴۷ ق م ۱۸۳) سسلی ہُند اکھ بُرون قصہ تتیٚک مانجھ چھُ اوسمُت مشہور

ہے یہ زیٖن زیٖن چھُٹ نِمُت ژٕ یہ ژوٗرہ ٹُکرن، انٹونی

ٹوٗف دِ نئے برو تھہ کھوژہٕ ناداں جان پائٹھن چھک توٗے

انٹونی۔ ہے رزیلو، یپیٚرشہٕ ہَن ماکرُوہٕ توہہ ؟

یام تُہند پوٚ ڈلٹہ خنجرو پانہ دائی تیٚج ٹاسہ رائے

سیٖزرس بے وایہ لرکانین اندر

داندرَن ہندی پاٹھو دنٛد تھہ ہاٚرووس

بی تھہ ہے لیچہ واوکۆروس، ہۆٚنی ہندی پاٹھین تتے

سجدہ کرٕیووس، میپٹھو پادَن کرٕیروہٕ تس

زنتہٕ اٚسیوہٕ تس غلامَن ہندی غلام

اٚتھو اندر پتھ کنہٕ تمِس آوکاسکا

تمیٚ خبیثن ہۆٚنی سِندی پاٹھو لوی گردنہٕ تس خنجر

ہے، ہیا خوش آمدی چھوہٕ ناسہ توہی ؟

کاسیس۔ چھا سہ اٚسی خوش آمدی ؟

برُوٹسو، کُنُ زوٗن ژہٕ چھک ذمہ وار اُتھ

آسہٕ ہے مازپوٚ اٚسٕنز بیتھ پاٹھو ازبک کران

اٚسہ ہے یوٗد کاسیٚس فرمان آسُت باعمل

اوکنیٚ وس۔ ہے دٕلوسہ مقصدس کُن وہ نی پکھو

بکہٕ دلیلو سیٹھا شیٚدٕو نار اُسی
جنگ کرِہ وۄنی فاصلاہ یکناوِہ خوٗن
ہے وُچھو سہ ——
کَڈٕ میٚہ از سازش گرن کرِتھ وۄنی پنٕنی کرتَل نیبر
کرمیانے منز تھوٗن واپس؟ چھوان سونچان توٚہی؟
زاہ نَسہ توٚتام - یوٚتامت نہ یہ بدلاہ ہیمکھ
سیزرس ییم اُسی تی ترٕہ [۲۳] زخم دِتی مِتی سارٕی دِی
یا ترٕ غدّارن ہِندے دَسی سپدِہ نو سیزر شکار

برُوٹس۔ سیزر رو غدّار کرٕ ژیٚہ مارِنے
یوٚد نہ ژٕ پنٕنی منز بے تم ژھارِہ ہکھ؟

اوکٹیوس۔ ہے میٚہ چھُم وۄمید تی - چھُس نہ زامُت اوہ موکھے
برُوٹسنی شمشیرِ مے زن مارِہ ہے

برُوٹس۔ آسہٕ ہکھ یوٚد خاندانس منز ژٕ پنٕنس شانہٕ بوٚڈ
ژٕ مرکھ یوٚد میانہٕ دَسی - تیٚیُتھ یِنٕ تاہ مازاہ لبکھ؟

کاشیس۔ ہے یہ چھُہ گُستاخ گبہ روچھا، فقط
چانہٕ دَسی مرنک یزت شُبہ ما اَمِس
اَمی چھُہ مکّارس اکِس بی مسخرس سیٚتی واٹھ مرٕ

انٹونی۔ ہو، ہیا، بُڈہٕ کاسیُسا ! وُنہٕ چھکھ تیتھے !

اوکٹیوس۔ ہے ولا انٹونی یوٗ نیرو نیبر

ہو غدارو چھو وَنان داوا گُنٛجِھس پیٚپھٕڑ اسو پیٚنٕہ

یوٚد جُرت جنگُک چھُہ تو ہیٚہ مٕژ۔ تیلہِ یِکھو مادان گُنٛتھ

یوٚد نہٕ چھُو، یمہٕ وِزِہ خُشی چھُو، تو ہِیٚو

(اوکٹیوس، انٹونی تہٕ تہنٛز لشکر چھہٕ نیران)

کاسیس۔ وَوہ نی سپدیمُتَن تی یہٕ سَپدُن آسہ ہے

داو وُچھتھی ناو اسی ژاوو، پکو

لہرٕ لِیٚجہ ووہ تھنے، وُچھو کیاہ سپدِ ووہ نی

بُروٹس۔ ہو لوسی لِیَس، بوز سہ اکھ کتھ دَنے

لُوسی لی یس۔ (بُروٹس کنہ ووہ دنہٕ سپدتھ) آغ میانے !

(بُروٹس تہٕ لُوسی لی یس اڈک پاسے کتھ کران)

کاسیس۔ مَسالا !

مسالا۔ (بُروٹس کنی ووہ دنہٕ سَپدتھ) میانہٕ جرنیلو وَنتم کیاہ چھے وَنُن

کاسیس۔ ہو مسالا، یچھم پنُن از زایہ دوہ

کاسیس آسِتھ یِمی دوہ ہیٚہ بازِسس

ہو مَسالا وَل، سہ دِسی پُوسیاہ کرو

روزسہ ژٕہ اَلتھ کیتھ میٛہ اَزگواہ

بازہ بیچھ ژٕ اَوم میٛہ مجبوٗرن پننۍ آزاُدیاہ

یٔتھ اکس جنگلس اندر ہے پاپیاےٚ[1] سندر پاٹھواز،

چھےٚ پتان اپی کورس[2] بیچھ پرٛدہ میٛہ اَسم واریاہ

بی تسندِس فلسفس بیچھ - وونی میٛہ بدلیوٗ سہ خیال

وونی شگوٗنن بیچھ میٛہ کینژھا چھُم یقین

سانہ ڈسے بیچھ دژایہ اسی یکۍ یورکن

پاَز جوراہ بارہ بدکراے بروٚنٹھس جنڈس رنشے

بیچھ تترٛ ونی، کھیوکھ ژھین چھین یُس دِ تُکھ تتہ فوٗجی یو

اَسی فلیتی نام اَسہ سیتی وُفان

از صُبحس تچ وُف تھموتے ژٕ لیتے

تھنڈرہ باٗلے آیہ گرہ تے کاو، گاٹے واریاہ

---

١- پاپیاٗی چھُ آمُت فرسالیاکس جنگس منٛز سیزرنہ دٔسی لرٛانس مجبوٗر کرنہٕ ۴۸ ق م منٛز کھتے تمہ شکس

٢- اپی کیورس (Epicurus) یوناکہ مشہوٗر فلاسفر (۳۴۲-۲۷۰ ق م) تس اُس نہٕ شگوٗنن تہ وہمن پیٹھ پرٛزھ۔

تالہِ پیٹھ وُف تیُج تھَو، بوٗن کُنہِ وُچھک

مُودی مِتر زَن اُسی اُسی تِھہندے شکار

اُس موٗتیچ ژھاے زَن ژھایا تِہنز

سانِی لشکر اُس یَتھ تَل مرنہٕ با پتھ بے قرار

مَسالا۔ ہے مَسہ کر اعتباراہ اَتھ پٹھ

کاسی یس۔ کُنہٕ خدس نامت میٖہ اَتھ پیٹھ چھُم یقین

چھُم میٖہ تازے خون بَنیہِ چھُس جوشہٕ ہوت

سینہ دائِتھ روزہِ ہر خطرس اندر

بُروٹس۔ ہے آہستہ لوسی لی یس

کاسی یس۔ شانہٕ تھَدہٕ تےٚ پایہٕ بڑہ ہو بُروٹسو

دیوتا کرِ تَن اَسے از یاوری

یتھ کرَو اُسی محبتاہ اَمنس اندر

باگراوَو لول اُسی یتھ بس دَمس تامت رہٕ ہے

اُسی چھِ لیکن بے خبر توٗ کُن ہندیو رازو رَنتے

وَل سہ اُسی سوچو اگہ ہیٚیہ اَسہ وُچھنی کانہہ بدتری

موٗر نیوٗ دوے جنگ از یکہٕ تلہٕ نان سہ

تُنی کینس چھہ سانی کتھ با لقاہ بتم

کیاہ ژٕ چھکھ سوچان اَتھ مسلس اندر؟

برُوٹس۔ راہ لدان اوسس بہ کاٹوہس[1] ژٕ تمۍ کرٕ خودکشی

فلسفہ تمۍ شُنٛد وُچھت زانِم یہ کنٛھ

چھُس دپان کوتاہ گُناہ تہٕ بزدلی تمۍ سینٛز یہ چھے

یُس پننہِ زندگانی یاہ ژھوٚٹراوِہ کھوٚژِتھ حادثن

چھُم توٚرے وۄلمت مێہ صبرُک بوڈ سلاح

انتظار چھُم توٚرے مێہ آسمانی طاقتُک

یمہٕ کٔرۍ آسہ پیٛتھ حکومت یُس کران

کاسیس۔ ہے وَنتم تیلی ہوریودے جنگ از

کیا چھُکا راضی ژٕ تم جلسس اندر پکناوہ نے

بازرو منزٕ رومہٕ کیو تہٕ زنگہٕ گنٛڈِتھ؟

برُوٹس۔ ہے نہ، کاسیس نہ۔ چھُکھ بایزت رُومُک اگر

سوٚنچ موزاہ برُوٹس کیاہ رُوم کُن نن زاہ گنٛڈِتھ

پنٕہ پٔنٕہ یر تگٕ وُنہ چھُ تس وارہ خیال

---

۱ کاٹو (Marcus Cato) ۹۵۔۴۶ ق م سہٕ اوس رلیومت پامپی یس سیتۍ سیزرس خلاف۔ فرمایا کہ جنگہ پتہٕ ژوٚل سہٕ افریقا، پتہٕ تمۍ خودکشی کرٕ۔

بلکہ از ٕ قصہ گژھ سپدُن ختم
بلہ چینہ پَداہے یُس گوٚ شروع

چھا خبر اَسہِ سمکھوا دوٚبارہ زاہ
أخری رُخصت ہیمو اسہِ اُدوٚ موٚکھے
کاسہِ ییو چھے الوداع ژیٚہ ہر ہمیشہ خاطرے
یوٚد سمکھو دوٚبارہ، اَسہِ آسو اَسان
یوٚد نہٕ سمکھے أخری رُخصت سپد تیلہِ جان پأٹھی

کاسیس۔ بروٹس چھے ہر ہمیشہ خاطرے ژیٚتہٕ الوداع
یوٚد سمکھو دوبارٕ اَسہِ بے شک اَسو
یوٚد نہٕ سمکھے أخری رُخصت سپد تیلہِ جان پأٹھی

بروٹس۔ کیتھ چھ تیلہِ ٹھہرُن، ہیکو برونٛہہ دوستو
ہائے ممکن آسہ ہے انسانہٕ سندٕ باپتھ یہ کتھ
زِ ژٕ برونٛہہ ٹھے آسہ ہس معلوم انجام تمیک
خاطرٕ تہ کافی چھ۔ دوہ سپدن ختم
اَسہِ گژھو انجامہٕ نِش بیتہٕ باخبر
ہے وَلِو سہ، ہے یکو، برونٛہہ کُن پکو

(نیران چھ)

# دوٚیِم نظارٕہ

فِلپی ہُند مأدان ۔ گنٹہ چھ وَزان

(بروٹس تہٕ مسالا چھ اَژان)

بروٹس۔ دَو سہ دَو ۔ دَو سہ گرُٚس بیٖہِتھ ہے مسالا جلی پہٕہَن
نوٚم ہدایت جَل دِسہ بِی طرفہٕ کِیس فوجَس گژھت
(گنٹہ چھ زورہ وَزان)
وَن تِہمَن ژہٕ جل پہٕہن حملاہ کرَن
چھُم میٚیہ باسان اوکٹیٚ وِسنے لشکرس جوشی مکھو
کھیٚن اچانک حملہ سیٖتی تِہم شِکس
دو مسالا جل پہٕہن، وَن سہ تِہمَن، جل برونٹھہ پکن
(نیران چھ)

# ترییُم نظارہ

مادانکہ بیاکھ حِصہ — گنٹہٕ چھ وَزان

(کاسی یَس تہٕ ٹٹنس چھ اَژان)

کاسی یَس۔ ہاے وُچھ سہٕ ٹٹنسو، وُچھ ژٕلی رذیل

چھُم میٚہ باسان، چھم ہنین انسان مے دُشمن وُنی کین

ژٕلنہٕ وزہ میٚہ روٗٹ علم بردار اکھ

ہوٗٹ میٚہ چھوٗرمس، ژٕزدِلس ہیٚژمس علم

ٹٹنس — کاسی یَسو، دِیت برُوٹھس لرٹنک اشاراہ جادہٕ جل

کوٚر تمی او کٹی وسٕس پیٹھ غلبہ یوٚد

ہیٚژ تمہٕ خوشیاہ کرٕنی لا انتہا

تمہٕ سندٕ پو سپہہو ہیٚوتکھ لوٗٹھا کرُن

گیر کوٚرمت اَسہ چھُ بی طرفے ژھ پارٕ انٹونی ین

(پنڈاریس چھ اَژان)

پنڈاریس۔ ژٕل سہ برونہہ کُن میانہ آغو ژٕل سہ جل

میانہ آغو! انٹونی ژاو چانِسی خیمس اندر

ژٕل اوٚے سبب شاہہ بُڈہ ہو کاسی یَسو ژٕل سہ جلد

کاسیس۔ ہے ہو، بالاہ چھُ سِیٹھاہ مُژرِلس پیٹھن

ٹٹنسو! چھُ سۄ، ہو وُچھ

چھا ہونارِ، یُس دُزان خیمس اندر میانِس ہَکیاہ؟

ٹٹنس۔ ہے آہنسہ میانہ آغو

کاسیس۔ ٹٹنسو یوٗد میانِ چھُکھ مایاہ ژۄ بُن سہ میون گُرٕ

کھُور دِس ترٛاھ، یُتھ زِ نِنی فورن ہُمن سپہیں رٕفتے

یورِ ییرٕ فورن ژۄ واپس، یِتھ زِ وُچھو

چھا یہ لشکر دوس کِن دُشمن اَسے

ٹٹنس۔ تیوٗت جل فِرِتھ ییہ بٕ، یوٗت اَسو سوٗنچت ہاکو

(نیران چھُ)

کاسیس۔ گژھ سہ پنڈاریس ژۄ کھس ہمہ تھہ بالہ تیتنا ژلس پیٹھن

اُتھ میہ نظرہ ہمیشے موٹ پُھٹن

ٹٹنس کِن تھو نظر تے حال مادانک وَنم

(پنڈاریس چھُ بالس کھسان)

اَزی ییمی دوہہ دُنیاہس آیاس بٕ

گو زمانک گردشاہ میہ پُورٕ اَزی

ابتدا ییتہ تھس کرے یوم، انتہا اوسُم تتی

پورٕ سپدِ زندگی ہند گردِشاہ

اَوٕ وَنم سہ کوس خبر ووٕنی اَژیہ اَرِتھ

پنڈاریس۔ (لتھ زٕ پیٹھے) ہاے میانے آغہ

کاسِریس۔ کوس خبر؟

پنڈاریس۔ (لتھ زٕ پیٹھے) آیہ اَندی اَندی ٹھنِس ووٕنی گُرِی سوار

چھس سپھٕ ڈاہ رفتارٕ سان دوران پتے۔ تُوتہ چُھکُھ برونہہ کُن ژلان۔

ہے ووٕنی رو ٹھکھ سہ پورٕ پائٹھ

ہاے ہہ ووٕنی ٹھٹھنسو

ووٕنی چُھ کیاہ تام گاش ہیوٗ

ہے گُتے دوٚتھ ووٕنی بتھر۔ ہاے نیوٗکھ

(کریکھ دِتھ) بوزسہ ہے شاڈی یا کُٹ شور تُلِیہ ہے۔ بوزسہ

کاسِریس۔ وسہ وایس۔ وُچھ ہسہ اوکُن ژٕ ووٕنی

ہاے چھُسے یُز دِل بۂ کوتاہ۔ چھس وُنِستامت زِندے

ہے بھجس پیٹھ یارِ جائی میون رُٹے آو اَند

(پینڈاریس چھ وسان)

دَل سہ فورُن ژٕ بوٚتن

پارتھیا[1] منز مینہ بناوِیوکھ قیدی ژٕ

---

(۱) پارتھیا۔ جنوب مشرقی ایشیاہس منز اکھ پرون ملک۔ ۵۳ ق م منز چھ رومس تہٕ پارتھیاہس پانہٕ وائنی جنگ سپدمٕت۔

کھیاونا یومکھ قسم، یمہ وزہ بچا یومکھ تتے
یمی زہ نۂ بامل انکھ، یوس کنھ ونے
دل سہ کرواداہ پنُن وشہ نی پُورہ ۔ لَب آزادی یاہ
یمہ سُ پہ رزٕ شمشیر چھے، یمہ سیزرس شکماہ ژچھ
دل امی سیتین میہ سینس چاک کرٕ
بحث کرنکہ خاطرٕ ژہ موٹھہر
دل سہ یکیاہ کرتلے ہنز معہ کھٹ ژہ رٹھ
یام یِتھ کنز، میون بُتھ آسے کھٹِت
تمہ وزے شمشیر ژہ بہ ڈنائی زہم

(پنڈاریس چھس شمشیر بہ ڈناوان)

سیزرہ! پانس ہنیُتم چہ نے قصاص
کیتلے سیتین تمی، یمہ سیترزان ژہ مور مکھ (مران چھُ)

پنڈاریس۔ یِتھ کنیتھ لَب میہ پنُن آزادی یاہ
یِتھ کنیتھ آزاد گژھ نکی خاہشاہ! اُسم میہ کرہ
یُود جرت کرہ ہا، پننی مرضی بہ کرہ ہا اُسکاد!
کاسو بسو، پنڈاریس ژلہ دور، یمہ ستلے نہبر
ییتہ نہ کانسے رُومہ کُس لگہ بے پناہ تمی سترز نہ ہیتھ! (نیران چھُ)

(ٹٹنس چھہٕ مسالاہس سیتی بیٚیہٕ اَڑان)

مسالا۔ ٹٹنسو گومُت چھُہ یُتھ اَدٕ لے بدل

بُروٹسنز فوجن شکس کھیوٚد اوکٹی وس

تتھ بدل انٹونی ینز فوجن شکس دِژ کاسیریس

ٹٹنس۔ سیٚدٕ اَمہ خوش خبرٕ سیتین کاسیوٚسس واراہ خوشی

مسالا۔ ہے ژٕ یہ کتھ سہٕ شایہ تَس روہ خصت ہیرٕوتھ؟

ٹٹنس۔ انتہائی بے دلی منز اوس یُتھ بالس پیٹھن

اوس تَس پنڈاریس پنٕنے غلاماہ سیتی بس

مسالا۔ ہے چھُما ہوٚکیاہ زمینس پیٹھ پیوٚمُت؟

ٹٹنس۔ تتھ کنیتھ پیوٚمُت چھُ زن چھینٕ زندہ کیٚنہہ

ہائے ہو میانے دِلو

مسالا۔ کیا سنا ہے، سُہ چھُنا؟

ٹٹنس۔ ہے نسہ۔ سہ اوس ہوٚکیاہ۔ ووہ ژِ چھُما کاسیریس گنے

لوسہ ویٖزٕ ہا ہوٗ ہیریہ، چھک لوسان ڈُنی کین شامنس

ووہ زجہ زژہ پنہ نے چھک سیتی نوان

کاسیریشن دوہ لوس، یتھ وو زلس رتس منز پیتھ کنیتھ

ہیریہ رُوٗمک لوٗس۔ دوہ اَمیہ لوٗس ووہ ژِ

ووہ ژٕ غمکٕ اوٚبراہ، یہٕ شبنمٕ اوٚش تہٕ بی خطرات آے

روزما اسہ کامٕ ینہٕ باقی کینہہ

مے پیٚھٹن کانٛہہ اعتبار نا آسنٕ کوٚرمایہٕ خیال

مسالا۔ ہے آہنسہ! ؤنیہ تسٕ پیٚھٹھ اعتبار نا آسنٕ یُتھ خیال کوٚر

بدگمان غلطی! ژٕ چھکھ زامرٕ غمس

کیا ژٕ چھکھ ہاوان لُوکن ہُندِس زہن

یتھ نہ آسان کانٛہہ حقیقت دراصل

ہائے شکھ! یُس جل دِلس منٛز رٹنہٕ ییہ

زاہ چھُما انجام تتھ آسان مێیوٚٹھ

بلکہ یتھٕ دٕژ جاے اکھ سۄے مۄرہ نے

ٹٹنس۔ ہو پنڈاریس! چھکھ کتیا! پنڈاریسو

مسالا۔ ہے ژٕ ژھارُن ٹٹنسو پنڈاریس

بُروٹسس بو سمکھہ یُس چھُ شانہٕ بڈٕ

تسٕ وُنئے حالات سارے وُنی کینہہ کو

زہرِ ہلات اکھ تیر یا تبر اہینٛس زَن وانٛژے

یام بُروٹس بوزہ اُز سرچے راٹٕ ہنٛز وُلنے خبر

ٹٹنس۔ ہے مسالا جل پیٚھن ژٕ نیر سہ

ژهارہ نے پنڈاریس تو تام بہٕ ( مسالا چھ نیران )

ہو بھو دُر کائسو یسو ! کوہ سہ بہ شوز اتھس ژ یہ توت ؟

کیاہ بہٕ چانین دوستن سمکھیوس نا ؟

کامیابی ہند یہ گوند تھونا تمو میانس ڈہکس

بی میہ ووٚنہم نا - یہ گوند لاگن ژ یہ تے

کیاہ کنن چھی ناگرہ ہان نعرے تہند کر ؟

ہے ہے افسوس ہر کانہہ چیز ژ یہ سمجھتھ غلط

ہے مگر رٹھ سا - یہ گوند لاگت تھون پننس ڈہکس

ژے رکیتھ دیتم یہ چانی بروٹھن

وونی بچھسے پیشران ژ یہ پیراہ پنن

بروٹھسوال ساجلد وچھ کائسو یُس یزتاہ کورم

دیوتا ہو ! تہندہ ازنے چھس آنان بامل بوتی

روٗہ کس کائسے یہ پرزہ وُنی کبن کرن

کائسو یُسُنہ ہے کر تلے جل ژہ ووئے

جل ژہ ٹھنس نس دِلس منز جاۓ رٹھ

( پننہ پان چھ ماران )

( گنٹی چھ وزان )- ( مسالا چھ بروٹھس سمتی بیئیہ اژان )

(لوکٹ کاڈ سٹارڈ ۔ والی منس ۔ تہٕ بُوسی لی یس تہٕ چھ اژان)

بُروٹس ۔ ہے مسالا کیتہ نس پیٹھ چھ تمیٚ ہنز لاش وَن ؟

مسالا ۔ بُرونٹھ پہنت ۔ چھس وَدان ٹٹنس تنتی ؟

بُروٹس ۔ ہے مگر چھ ٹٹنس بُتھ ہتیوُر گنتھ

کاٹو ۔ ہائے شستہٕ چھ مُودمُت !

بُروٹس ۔ ہائے جولیس سیزر، وُنہٕ چھُک ژہٕ طاقت ورسہ ٹھاہ
چوٗن رُوح فیران چھ کھلہٕ پائٹھن ژوہ پور
اَسہٕ چھ کڈ ناوان پننے کرتلے
اَسی چھ پننے یڈ یمو سیتی ژٹان (لوٗت لوٗت گننی وزان)

کاٹو ۔ ہائے ٹٹنس اوس کوتاہ باہمت
ہے وُچھو، چھُن ناشہ گوٗند لھومُت کلس دبتھ کاسی یسس

بُروٹس ۔ آسہٕ نارُومس اندر زندے تہٕ یتھی انسان کیاہ ؟
آخری چھوہ شابہٕ بڈی رُومکیو وَن آہن الوداع
ہے یہ ناممکن چھ ہل گل، رُوم کیاہ
پادہٕ کرہٕ دوبارہ بنیہ زاہ یتھی منوش
دوستو! یتھ کنہٕ وُچھان چھوہ ہم وَدان تو ہیہ وُنی کینس
خوٗن ہاوان اَمہ نشیے دٕاراہ پزٕ ہم یتھ لاشہ پیٹھ

ژھارہٕ وقتاہ بہٕ مناسب۔ ژھارہٕ کاسہٕ میٚن بِل ضرور
ہے وبہٕ تھاسوس[۱] اُسہٕ سوزدن اُمی ہٕشنز لاش ووہٕنی
یٚزہٕ نہٕ خیمن ہُنز جنازاہ وٕنی کینس اُمی شند کٹن
بیقراری فاٗلہِ اَمہ سیتین سبٹھاہ
دَل سہٕ ژہٕ لوٗسی یسو، بی ژہٕ تے کاٹوٗ ولو
اُسہٕ گژھو ماٗدان جنگس کنٕ وٕنی کین
لاتیوٕ تے ہو فلا ویس فوج توٚہہٕ یکناوہٕ توتن
وُنہٕ نیٚہ مُرشہٕ رٹرسے۔ وطن دارِدٕ پٔکھ
راٗژ برونٹھی، دوٚیمہٕ ژٕرہٕ اُسہٕ قسمتس فیرنادِمو
(نیران چھ)

## ژُوٗرِم نظارہٕ

ماٗدانِ جنگک بیاکھ حِصہ
(گنٹہٕ چھِ وُزان۔ دوٚشوٕنی فوجن ہِندو سِپاہ چھِ جنگ کران

---

۱۔ تھاسوس۔ فِلپی نزدیک اَکھ جزیرہ

اُڙان، پوءِ تُس ڇهه بُروٽس، نوجُٽ ڪاٽو، لوسي لي يس
ته باقي اُڙان)

بُروٽس. هے وطن دارو ڪرو وه ڦي همتاه

ڪاٽو. ڪُس ڪمنياه آسه ٽيئتهه ٻيوءِ. يُس نه ڪرِه همت وُني ڪين
ڪُس اکهاه نيرو مِنه سيتو ؟
ڪرِه به يِڇهه مائُدان جنگس منز بنيتُن اعلان وه ڦي
ڇهس پهه بهتر بو مارڪس ڪاٽو شندُرے
ظالمن هُند اوس يُس دُشمن ته وطنڪ جانفدا
ڇهس پهه بهتر بو مارڪس ڪاٽو شندُرے! (دُشمن ميهٿ حمله ڪران)

بُروٽس. ڇهس به بُروٽس، مارڪس بُروٽس به ڇهس
ڇهس به بُروٽس پنه نه وطنڪ دوستاه
ڇهس به بُروٽس، زاني تو بُروٽس به ڇهس
(نيران ته دُشمن پيهٿ حمله ڪران. ڪاٽو
هس پيهٿ ڇهه حمله سُپران ته پيوان)

لوسي لي يس. لوڪته ڪاٽو هيو ژه اوسڪهه پاپه ووڌ، پيڪهاڙه تے
ٽُهنسُني پائٹهي ژه مُو دُکه جُرته ان
ڪائڊهن پهه بهتراه ژه اوسکه، کوته اُسه يئزت کروے

اُکِم سپاہ۔ ہے امان مُنگ ژہ نتے مارِتھ اُنی

لوسی لی یس۔ ژاوہٕ بوٚ ہٲتھ یار بَس مَرنہٕ پَتے

یوٚد جلد ژہٕ مارِہم یُتاہ ڈیے (روہ پیہٕ چھُس ہاوان)

مارتَن بُروٹس، یِزت حاصِل کرکھ یوٚد مارِہم

اُکِم سپاہ۔ ہے نسہ تِ مٲرِنہٕ ہیم۔ اکھ بایزت قیدی ژہٕ چھُکھ

دوٚیِم سپاہ۔ جاے ترٲویو ہہ، وَنو انٹونی یس

آو بُروٹس رٹنہٕ یِیکیاہ، سُہ وُچھن

اُکِم سپاہ۔ ہے ونس پانے بہٕ خوش خبراہ۔ مگر

پانہٕ جرنیلی پکان چھُ یور کُن (انٹونی چھُ اژان)

آو بُروٹس رٹنہ۔ روٚٹ بُروٹس جناب

بُروٹس۔ کتہٕ سَنا چھُ؟

لوسی لی یس۔ انٹونی! بُروٹس سیٹھاہ محفوظ چھُ

میانی کتھ تھَو یاد۔ کانٛہ ژھاہ دُشمناہ

پانہٕ بوٚڈ بُروٹس چھُ یُس، تَس ہیکہ نہٕ کانٛہہ زندے رٹِتھ

ییٚیِہٕ بجہ شرمندگی نش دیوتا تَس چھ رٹِھان

یام ژہٕ لبہٕ ہَن زندے یا مُودمُت

آسہٕ تیمہٕ وزہٕ پانے بوٚڈ بُروٹس نِشتھے۔ پانس ہوٚے

انٹونی۔ دوستو میانیو! یہ بروٹس چھو نبا
توتہٕ تھوٚ تو یاد۔ چھُنہٕ کم پایہ کینہہ
رُت سلوٗکا توہہ اُمس کرِو تو، حفاظت بیٚیہ کرِ یُوس
دوستن ہندہ کھوتہٕ زیادٕ پیٹھ دُشمن میہ چھِم وارٕاہ پسند
توہہ گرِتھو، ژھارِ یُون بروٹس، زِندٕ چھا کین مُوٗدمُت
اوکٹی وِس نس خیمی، پیٹھ توہہ اُنو خبراہ اُنج
بی ونو نیبرے سِپُد لیاہ ما ملاہ

(نیران چھِ)

●

## پانژِم نظارہ

جنگلہٕ منز اکھ بیاکھ حصہ

(بروٹس، ڈرادینس، کلی ٹس، سٹارٹو تہٕ والومنس چھِ اژان)

بروٹس۔ ہے وُلو پتھ کُن بیچے رتیو دوستو
یتھ چٹانے پیٹھ کرو آرام اسی
کلی ٹس۔ ہیوو یُود مشالہ ہند گاشاہ اسے ساٹلس
میانہٕ آغو آو ما فیرِتھ۔ مگر

چھک سہ رؤمُت یانہٕ سپد یومُت قتل

بُروٹس۔ ہو کلی ٹس بیہہ پیٹھر، مارُن، چھہٕ دُنی کین عام کتھ
بوزسہ یوکُن کلی ٹس! اکھ کتھ وٕنے (کنس تل چھس وٕنان)

کلی ٹس۔ کیا سہ ہے! با! میانہٕ آغو!
دٕنیھس منز میانہٕ دُسر سپدی ہٕ زاہ

بُروٹس۔ بیہہ سہ تیلی خاموش۔ ہرگز کتھ مہ کر

کلی ٹس۔ تیلی بہ پینہٕ نے پان بے شک مارہٕ نے!

بُروٹس۔ بوزسہ۔ ژیٖہ ڈراڈی نس اکھ کتھ وٕنے (کنس تل چھس وٕنان)

ڈراڈی نس۔ میانہٕ دُسر یژھ حرکتاہ سپدٕنی گژھیا؟

بُروٹس۔ ہے ڈراڈی نس!

ڈراڈی نس۔ ہائے کلی ٹس

کلی ٹس۔ کیاہ سنا ییٹھ وُلیٹھ دٕرخاسا کورُے ژیٖہ بُروٹسن؟

ڈراڈی نس۔ ہو کلی ٹس مارنک اوسُم وٕنان
وُچھ سہ چھ ہیمُت غوتن منز کیٛتھ کنیتھ؟

کلی ٹس۔ دٕنی چھ اُمی شند یایہ بوٚڈ باناہ دِلکُ غمہٕ سیتی پر
یُس چھ چھکھ دِتھ اُمی سنز وچشمو کنیتھ نیران نوٚن

بُروٹس۔ ہہ وٕلو فورن مینہٕ نش ولو منسو، اکھ کتھ وٕنے

ولومنس۔ میانہٕ آغو، چھُس یہ کیاہ۔ فرماوسہ

برُوٹس۔ بوزسہ ولومنس! چھُم یہ وَنُن

سیپزرٕنی رُوحن میہٕ ہووُم پان دوٕ یہ لٹہٕ بتٕین ہیونے

اَکہ لٹے سارڈی سس منز، رات بی فلپی اندر

اُخری ویز آیہ میہٕ۔ چھُم میہٕ پتاہ

ولومنس۔ ہے نسہ، یتھہ کنُہ نسہ، آغو نسہ

برُوٹس۔ ہے نسہ، اَتھہ بیہٹھ یقیس چھُم پوٗرہ پاٹھٕ، والومنس

چھُک وُچھان دُنیا چھُہ کیتھہ پاٹھٕ پکان؟

دُشمنو یکہ نائی اُسی وتہٕ نی دندرہ تامت چاپیجے

(لوٗت لوٗت گنٹی وزان)

سانہٕ باپتھ جان یہی۔ اَتھہ منز دُسو اُسی پانہٕ تے

اَمہٕ رنشے، ٹھہرہ تہٕ تمہٕ بن دکہٕ دِتے

یاد چھُے؟ والومنسو! اکجا چھہ اُسی مدرس گتھو

ترانہٕ اَمہٕ یارانہ سَب وُنی کین چھُسے عرضاہ کران

رٹھ تہٕ تھف شمشیرہ میانے۔ یتھہ بہٕ اَتھہ بیہٹھ تراوہ پان

والومنس۔ میانہٕ آغو یارہٕ سنز چھا کأم یہی

(گنٹی چھہٕ وزان)

کلی ٹس۔ ژٕل سہ ژٕل ہو میانہ آغو۔ ٹھہر نیچ چھنہ بابتھ کانٛہہ

بُروٹس۔ الوداع ژٕیہ اُسی نے۔ ژٕیہ تہٕ ژٕیہ والومنس

ہو سٹراٹو! ینٛدرہ ژہ رٕوٗدکھ کران

وٕنی اُسی نے ژٕیہ تہٕ الوداع

ہو وطن دارو! گژھان چھُس گوٗت خوش

زندگی منز کانٛہہ اکھاہ میٖہ وُچھُنہ تیٚتھ

یَس بہٕ لوٗلے میانہٕ دل مخمور اوس

ہارہٕ وِنہٕ دوہایِچ میٖہ چھم شاناہ سیٹھاہ تمہٕ کھیٚتہٕ تھزٕ

یوس یہِ بُلہٕ فتحا لبکھ، انٹونی ین، اوکٹی یَس

اوٗہ موہ کھے فورن دیو روخصت میٖہ توٗہی

زندگی ہنٛز کتھ وٕنتھ موہ کلاؤ یاروٗ۔ بُروٹسن

وٕنی سیرز چشمن پیٹھن راتھاہ سوار

اُڈہرجہ میانے وٕنی کرن آرام اہیوٗ،

یتھ گرے نش واتنے موہ کھ سختیاہ تیچ ہشر یمو

(گنتی چھ وزان۔ نیبرہ کریکہ گژھان ژلو ژلو ژلو)

کلی ٹس۔ ژٕل سہ ژٕل ہو میانہ آغو

بُروٹس۔ نیبرسہ۔ یکیاہ پتے جُتہٕ آس ہے (کلی ٹس، ڈرادِمی نس تہٕ والومنس نیران)

ہوسٹراٹو چھُم عرض آغس زٕنٛشے ٹھہراد کرٕ

چھُک ژٕ ہتھٕ شانکھ سپھٹاہ۔ انسان اکھ

زندگی منز چھُے ژٕ بیٖ یرٕ تک بوٗڈ چھاہ

کرٕ ژٕ تیلہٕ شمشیرٕ میانے ہتھ تہٕ بُتھ فیر ہو رکھن

یام اُتھ پیٹھ پان دِمہ دأرِتھ پنُن

ہے سٹراٹو وَن، تیٖیا؟

سٹراٹو۔ گڈٕ سہ اَتھ، دِیو پیٚسو اَسی گوڈٕ پیتھ کرٕو

میانہِ آغہٕ اسونے تیلہٕ الوداع

بروٹس۔ الوداع۔ ٹاٹھہٕ سٹراٹو الوداع (شمشیرِ پیٹھ چھُہ پیوان)

سیزرٕ وو گژھ سہ ژٕ ووَنی، خاموش بہہ

یی ژٕ ہ مرضی سان مےٚ دُم پان میٖیہ

تمی رکیسے نصف بپٹھن مامور مکھ؟ (مران چھُ)

(گنٹی چھہ وزان۔ واپسی

(اوکٹی ویس۔ انٹونی۔ مسالا۔ لوٗسی لیٖیس تہٕ فوج چھُہ اژان)

اوکٹی ویس۔ کُس سنا انسان چھُ ہوکیاہ؟

مسالا۔ متھہنوا اکھر چھُ یہ، میانِس آغہٕ سُند

ہو سٹراٹو کوٗت سنا گوٚ آغہٕ سون؟

سٹراٹو۔ چھک ژٕ زنجورن اندر پابند، شہ گو آزاد، وُچھ
ہو مسالا! زینہ وِنی ٹکھ بس ہیکن ناٰلِتھ تمس
غلبہ لوٗب بس بروٹسن پٕنتے فقط پانس پیٹھن
کانٚسہ چھنہ بی شان تٕژھ، یُتھ زانہ تمس شہ مارہ ہے

لوسی لی یس۔ بروٹسس کُنہٕ کٕ طریقاہ اوس ناٰجد بس یوٚہ ہے
بروٹسو چھس جون شکراناہ کران
پتوٚز کورُتھ ثابت ژٕ انہٕ ہیوٚنے وٚنُن

اوکٹی ویس۔ بروٹسس کرٕ خدمتاہ ییتو ٹکو
ساری نیی دِمہٕ نوکری پانس نِشے
ہو سٹراٹو نوکری کرکھا میہٕ نِشس؟

سٹراٹو۔ اوہ! مسالا یوٚد سفارش میہٕ کرہیم

اوکٹی ویس۔ ہو مسالا! کرُس یِتھ پاٹھین ژٕ تیٚلی

مسالا۔ ہو سٹراٹو کیتھ کٕنجھ میون آغہ موود؟

سٹراٹو۔ میہٕ رٹس شمشیر تہٕ تمہٕ پان دیتن ناٰرِتھ پٮٚنُن!

مسالا۔ دِمس سہ تیٚلی ژٕ نوکری اوکٹی ویسو
آخری خدمت دِژن انجام میانس آغہ سٕنز

انٹونی۔ روٗمہ کیو مٔنز اہ انتہائی شانہ وٚد ڈیشے اوس بس

سأری سأزِش بازِبس اُمی سی ورأے

سیزرس وٕنھی حسدٕچ سیتی برخلاف

خأیِر عامکہ خاطرٕ کُن زوٗن یہ وۄلھ

بی لکن ہندٕ رژرٕ بایِٹ شہ رٕلیو تمِنی اندر

اُس تمی سِنزِ زندگی واراہ شریف

اُس تس واراہ بلند انسأنیت

یُتھ زٕ فطرت گژھ وۄلھنۍ تے عالمس پیٹھ کینہہ وننہٕ

ہے یوٗ ہے پُرہِ پانٕہ بس انسان اوس

ادکِنی وس۔ اُمی سند پو صفتو مطابق تیُتھ سلوکاہ اُسی کرُس

یِیز نتہٕ سان اُمی سند جنازٕ اُسی کڈو

صُبح تامت لاشس اُمی سِنزِ رُوزی تن خیمس اندر

اُسی کرِو نا احترامہ تس، چھہ اکھ بہادر سپاہ

لشکرس آرامہ سبب آلو کرِ۔ وۄنۍ نیرِ تو

شان وشوکت بأگرِ، از چھ خُشی ہند دوہ اسے

(نیران چھ)

(دانل)

(دسمبر شُہامُٹھ)

# ترجمہ کارس شئرہ بلیہ کتابہ

| | | |
|---|---|---|
| (۱) ناگہ راد | ۵۳ پیٹھہ کہ کلامک انتخاب | چھ اُپس تل |
| (۲) شُرین ہندہ باٗتھ | اوٚکُم حصہ | اکھ روپے |
| (۳) شُرین ہندہ باٗتھ | دوٚیم حصہ | اکھ روپے |
| (۴) ماٗلی سنٛزہ چیٹھ | جواہر لال نہرو سنٛزن | چھ اُپس تل |
| کورہ ہندہ ناوٕ | چٹھین ہُنٛد ترجمہ | |
| (۵) جولیس سیزر | شیکسپیرنہ ڈرامُک | ژٕ روپیہ |
| | کاشُر باٗتہِ ترجمہ | |
| (۶) کنگ لیر | شیکسپیرنہ ڈرامُک | کاٗہہ تل |
| | کاشُر باٗتہِ ترجمہ | |
| (۷) ٹکہ باٗتھ | کاشرین ٹکہ باٗتن ہُنٛد سُمرن | کلچرل اکادمی سرینگر |



پتہ ــــــــــــــــــــــــ

بزم ادب کاپرن کولگام کشمیر

مشرقی زبانوں میں شیکسپیر
کے جتنے ترجمے ہوئے ہیں وہ سبھی
ناکام سمجھے جاتے ہیں۔ لیکن جولیس
سیزر کا یہ کشمیری ترجمہ اس بات کو
غلط ثابت کرتا ہے۔ مترجم نے اس ترجمے کو
اپنے خونِ جگر سے سینچا ہے۔ اور شیکسپیر کی
روح اس ڈرامے میں سموئی ہے